# طوطہ تہ آئنہ

موتی لال کیمو

# TOTA TE AINA

(KASHMIRI PLAY)

By

**MOTI LAL KEMMU**



5-APHA VIHAR ,KUNJWANI, JAMMU-180010

گوڈنیک ایڈیشن: ۱۹۸۴

دوُیم ایڈیشن : ۲۰۰۷

پریس : جے کے آفسیٹ، جامع مسجد، نئ دہلی

تعداد: ۵۰۰

مول: ہتھ روپیہ (Rs100)

سرورق: محمد یوسف مسکینؔ

# گوڈٕکتھ

پننہٕ گوڈنچہ کاشرِ کتابہِ "تثہٕ ناوِ چہ" گوڈٕکتھ منز دوٚن منٛے
زیِم ترٛے ناٹک تتھ منز آسی، تم اُسی کاشرِ لکہ رنگہٕ چہ ہیُٚشر ہنز بنیادِ پیٹھ
لیکھنہٕ آمتی۔ یوٚدوٚے منٛے پتہٕ بنیہ کنہٕ ہیُٚشر ہندی ناٹک لیکھ تہٕ خبرٕ بہ کیازِ آس
اُتھی ہیُٚشر ہندِس ورتاوس منز گنڈنہٕ تہٕ گنڈنہٕ۔

ژھاے تہٕ لل ٹیہ دٲپیس لولرے اُسی دو شوٗے امہٕ ہیُٚشر نش بیوٚن۔
حرم خانگ اُنہٕ اوس سنسکرت تھیٹر چہ ہیُٚشر ہنز بنیاد نکھ مگر بھوائی تہٕ بانڈ پاتھر کِر
روٗپچ ہلہِ وٕن ہیتہ تہٕ بڑو نہہ پہن ٹکنہٕ وچھ منٛے زمیانیو ناٹکو ہیُٚشر اکھ سوٚ ہیتھ
یختیار کرنی یتھ پہٕ پنن اکھ مخصوص سٹایل تہٕ فارم ؤنہٕ۔ حرم خانہٕ کس اُنس منز
اوٚن منے گوٗرس تہٕ کورس نہٕ چھ سنسکرت ڈرامہس منز نہٕ بانڈ پاتھر تہٕ بھوائی منز
یہ چھ بدیشی رنگ گگر منٛے پانہٕ نوو یہ اکھ خاص انداز۔ حرم خانگ اُنہٕ چہ پیش کاری

مٔنٛز گۆڈ منٛے یہِ بحٔنۍ یتہٕ آدم پٕرد اِستیمال۔ سیتی گۆڈ منٛے اُتھی مٔنٛز پٕر ڈک نٮ۪تھ گٔژھ
استیمال یِتھ گٔژھ سنسکرت تھیٹرس یا کتھک کلی مٔنٛز سپدان چھُ۔

"کاٗنسہٕ ماروومُت ہے کیاہ گوم" اوس اکھ MOCK EPIC یٮ۪تھ مٔنٛز بانڈ
چھ مسخرٕ چھیہ تہٕ ڈراما چھُ۔ یہ چھ پنٕنہٕ قسمُک اکھ طنزیہ ڈراما۔ دوٚیمہٕ تھوٚ ناٹک رٔوپُک
رنٛش بدٔلن یم اَمہٕ دوٚیمٮ۪ن زبانن مٔنٛز دستیاب چھ۔ ماحولی رنٛگہٕ خاطرٕ اکھ زوردار
داستان پانٛتھر۔ بانڈ پاتھرس مٔنٛز چھ مسخرٕی اہم مگر میانٮ۪ن ناٹکن مٔنٛز یہ عنصر اُسِتھ
تہٕ چھینہٕ مسخرٕی اہم بلکہ کتھہٕ ہنٛد واتناوٕنہٕ تہٕ کردار۔ آوے چھ پرٕنہٕ وِزِ گوڈگوڈے یم
ناٹک لوٗتی باسان مگر وارٕ وارٕ یِنہٕ گژھِتھ تہٕ سنبر درٮ۪نٛٹھ یِوان۔ یِتہٕ چھُ یِوان درٮ۪نٛٹھ
زٮ۪میانی یانہٕ ناوٕہٕر ہیکتھ چھینے مشکل مگر خیالاتھ تہٕ باوتھ سیٹھا آسنہٕ۔ مٔنٛزلی
نکہٕ ناٹکس متلق تہٕ چھینے یہے وَنُن۔

ازٕ بیلہٕ یہ پٮ۪نہٕ نہٕ یمن ڈرامہن نظر چھُس دِوان۔ منٛے چھ باسان زِ منٛے چھُ
اکھ نوٚو رٔوپ، نوٚو انداز یمن ناٹکن دِتھمُت تہٕ پیش کاری مٔنٛز تہٕ لبن یم اکھ
مخصوص رٔوپ۔ یٮ۪تھ نوٚن ناٹکس مٔنٛز چھُ منٛے ہمہٕ نٮ۪ے تجربن ہنٛز ہنی یاز پٮ۪ٹھ
بٮ۪یہ کٔینہہٕ برزٕر کورمُت۔ یٮ۪تھ مٔنٛز تہٕ چھُ منٛے کورس استیمال کورمُت۔ یُودوے وُچھو
کورس یہ گیوان چھُ یا ونان چھُ یا عملن ہاوان چھُ تہٕ چھُ ناٹکچہٕ کتھہٕ بدٔلن آسنہٕ
یا زِ لنٛتھہٕ تہٕ تتھہٕ پٮ۪ٹھ اکھ کومینٹری۔ یہ چھُ ازٕ کالکہٕ درٮ۪نٛٹھ مان پٕزرٕ وٕچ یاد تھ کران۔
کورس چھُ آدمی پٕردٕچ کام تہٕ دِوان۔ ناٹکس مٔنٛز سیٹنگ ہنٛز کام تہٕ دِوان تہٕ
مددگار کردارن ہنٛز کام تہٕ انجام دِوان۔ یِتھ گٔنی چھُ یتھس ناٹکس مٔنٛز سیٹ آسیٚچ
ضرورتھ تہٕ پٔدٕرٕ گژھان تہٕ یہ ناٹک ہیکہٕ رنٛگہٕ ہالو تہٕ بنٛد کمرو نیبرٕ تہٕ گنٛدنہٕ یِتھ۔

سنسکرت ڈرامہس منز چھ سوترداراہس منز لکن برونہہ کنہ یوان
تہٕ ناٹکک تعارُف کرناوان۔ کُنہ کُنہ سنسکرت ناٹکس منز چھ اُمس ستی "نٹی"
بیاکھ مددگار کردار۔ یم دوشوے چھِ نہ یتہٕ ناٹکس منز وڈینٹھ یوان۔ یتے کری پنٕنین
ناٹکن منز یمن دون کردارن ہنز بُنی بازپیٹھ ترٛوو ڈرامہس منز قادر بانڈ تہٕ
لڑی شاہ۔ مانگہ ڈرامہس منز اٲدری مسخرٕ تہٕ نبہٕ لالہ، منزلی نکس منز جوان
مسخرٕ تہٕ بٔڈ مسخرٕ حرم خانہٕ کس اُلس منز ناگن تہٕ گوپالی ہوی زوردار کردار پیش۔ یم
چھِ نہٕ صرف سوترداراتہٕ نٹی ہندی پاٹھی صرف ڈرامہک تعارُف کرناوان بلکہ
پانہٕ ڈرامکی اکھ اہم حصہ بنان۔ رنگہٕ عمل برونہہ پکناوان۔ ناٹکہ کین دون حصن
یا دون واقاتن جوڑدمان تہٕ پانہٕ اہم کردار تہٕ بنان۔

یمہٕ نٕے کردارن نکھہ اکی منے یتھ ڈرامہس منز ادا رنگ تہٕ سدا رنگ
تہٕ یم ساری کردار چھ مثالس ڈراما فارسس دونلان تتھ اکھ پنٕنہٕ قسمک رنگ
بخشان تہٕ یم گنڈن گری کردار روزن پرن وائس یا ناٹک وچھن وائس پٕنن
دیرپا اثر ترٛاوان۔ یم چھ ناٹکہٕ چہ عملہٕ پیٹھ لکن پیٹھ حالات و واقاتن پیٹھ کومنٹ
(COMMENT) کران۔ یتھ لہٕ درشینی رنگہٕ عملہٕ تہٕ ستیجس پیٹھ پیش واقاتن منز
شُشتہٕ مُحو گژھان یم کردار چھ تمس تمہٕ وزِ ALIENATE کران۔ تکیاز یہ چھس
یکنہٕ تمن ناٹکن منز یہ روٗپ ورتاوتھ تمی کتھ ہنز باوتھ یژھان کرن یوسہٕ
کتھ جرمنی ہند بہلہ پایک ناٹک نگار برتخت یژھان اوس۔ تہٕ گوز درشینی گژھہ
نہٕ جذباتی تہٕ واقاتن منز محو گژھن بلکہ ہشیار ذہنہ اُستھ تمن واقاتن
پیٹھ ردعمل ظاہر ہیکن کرتھ۔ تکیاز منے چھ یژھتھ ناٹکس منز کینہہ نتہ کینہہ دن،

کیٛنہہ باوُن تہٕ یہِ وَنُن تہٕ باوُن چھُنہٕ ناٹہٕ بازی۔ ناٹہٕ بازی خاطرٕ لیکھنہٕ یِوان ناٹک۔

---

بالہٕ پانہٕ پیٛٹھ اوس مٔنٛزٕ تھیٖٹرُک جونوٗن۔ مٔنٛزٕ کرٕ یِہنٛزِ کیٛنٛز کٲشرِ مَنٛزٕ تھیٖٹر تحریکہٕ
دوہٕ تہٕ ژارٕ دِنٕچ کوٗشش حالاں کہ کٲشرِ رنگمُک کانٛہہ سعہ نٔہرِ دور آو نہٕ ڈُنہٕ۔ اَکھ
تحریکہٕ کوٗر مٔنٛزٕ وارِیاہ رنگہٕ بٔرتٕرٕ۔ یتھہٕ مَنٛزٕ سٹیجہٕ باپتھ لیکھُن سیٹھا اَہم چھُ۔ کٲشرِس
مَنٛزٕ چھہٕ سٹیج ڈرامہٕ ہُنٛز بارٕ وٕژھے۔ یوہے وَجہ چھُ زِ تخلیقی اَمارن دِتھ مٔنٛزٕ وُنہٕ
تہٕ بہٕ ہنیوس ڈرامانِگار۔

ڈراما چھُ مِیانہِ خاطرٕ اَکھ قابِل ترین ذٔری یہٕ۔ دُنی یُہُنٛک پرٛوومُت اَنوبھو
باوٕنُک تہٕ اِنسانی حالات پیش کرنُک، یِم بہٕ پانہٕ زُوان چھُس تہٕ وُچھان چھُس۔
یِہے چھُ باوتھ کرنُک تہٕ پیش کٲری ہُنٛد سُہ ذٔری یہٕ یِیمہٕ کِنہِ بہٕ زِندگی ہُنٛد ہیٚنٛہ سَمبہ
وو تلاوان چھُس تہٕ بیٚنٛہ مانیٛشہ نُنہٕ راوان۔ معلہٕ وَسہٕ ڈُنہٕ قدر، اِنسٲنی ذیہنچ
کشمکش، اِقتدارٕچ نِنگہٕ بوچھ تہٕ دوٚہرش مَنٛزٕ سپدٕونی اِخلاقی تہٕ سمٲجی وٚطیرٕ تہٕ قدر
چھیٚنہ تِم موضوع یِم مِیانین ناٹکن مَنٛزٕ چھہٕ جاے لبان۔ یِمہٕ نِے موضوعَن ہُنٛز تخلیقی
وٕزنی چھیٚنہ مٔنٛزٕ مُلکہٕ کین رِوایتی تہٕ لکہٕ رنگہٕ روٗپن مَنٛزٕ تجربہٕ کرنٕچ وُتِش دِوان۔ یِم
جنز تہٕ لوٗ فطرِیمن روٗپن مَنٛزٕ رٕتی تہٕ اَہم چھُ چھُسکھ بہٕ ژارٕ کرِتھ بدِ کڈان تہٕ اَکِس
مخصوٗص، ہیٛئتس زَنم دِوان۔ لِہٕس مِیانہِ تخلیقی صوٗرژ زٕژھ پُور کران۔ مغربی تھیٖٹرٕچ
رٕژھا زان تہٕ ازکالہٕ کِس بھارتی علاقٲیی ڈرامہٕس ستی واتھ آنہٕ کِنی چھُس کُنہِ حدَس تام مُتاثِر۔
مُلکہٕ کِس یِرتھ لکہٕ تھیٖٹرس مَنٛزٕ چھُ اَکھ اَسہٕ وُن کِرداریِس مَسخرٕ دِدوٗشک
نقال یا کٲشرِ پاٹھی یانڈ وَنان چھہٕ۔ یِیمی ہُنٛز خاص کام چھیٚنہ خالص اَسہٕ ناوُن

پانس پیٹھ اَسُن تہٕ پننِس اَندٕ پکھس پیٹھ خَنٛدٕ کرنٕہ منٛز کوشش زانٔس
کردارس کرٕ نوٚ اَنمانٕہ نٕو عطا ییتھ زَن یہٕ ہم کالس سٟتی موزوٗن مُناسبت تھٲوِ تہٕ تمی شندٕ دِسی یِنٕہ
دُنی یِہنک تہٕ زِندگی ہٕشِنٛد بٔے مانیتھ باوِ۔ تیٚہی ہٕنگیوٗن میانین ناٹکن منٛز یہٕ شانہ وُچھن
دِرِل کردار مختلف رٕوپن منٛز لَبنہٕ۔ اَتی مسخری کران تہٕ اَتی خَنٛدٕ کران۔ گرا دعانٛدلین
پرٕدٕ چاک کران تہٕ گرا ظُلمس تہٕ جبرس پتہٕ پیٹھ موکھُٹ تلان تہٕ عام لُوکن ہٕنزن
خٲمِین تہٕ کمزورین پیٹھ اسان۔ کُنہٕ افسر شاہی ہٕنٛز کھنٛدل ٹُنہٕ راوان تہٕ کُنہٕ پچھٕ گرٕی
بدٕ کَدان۔ پۆز ہیٚے یُوزِ وُسہٕ چھہٕ ٹھہی لِشانس کان لایان۔ اما پۆز ماران تہٕ ٹلی کرٕ لُکن
ہٕلی کانین گُرٕس کران۔

بہرحال اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہ زِ یہ کُیا چھسکہ خالص لکھ اَسہٕ ناوِ تِی ییٚرِھان
یا اَسُن موضوع یِرِھان بناوُن۔ ظرافت، سانگ، نقالی، مسخری تہٕ بانٛڈل چھِیے صِرف
ذٔرِی یہٕ ییمہٕ کِنی قاری یا درشکس لکہٕ فطرت ییہِ باونہٕ۔ میانی کِنی چھُنہٕ ناٹک یا اَدبُک
کانٛہہ رٕوپ خالص ہیٚیتھ منٛز تجربہٕ کرنُک مشق۔ نہٕ چھُہ کُنہٕ مخصوص نظریک پروپیگنڈا
کرنُک ذٔرِی یہٕ۔ مکمل زِنٛدگی اَتھ بھوچھہ تیلہٕ سپدان ییلہٕ یہٕ تمہٕ زمانٕچ تہٕ زِندگی چہ پیچیدگی
مُنعکس کرِ ییتہ منٛز اَمی زوان چھہ۔ یہ چھُس یِرِھان زِ میانی ناٹک وُچھنہٕ گرٕ ٹھو لوکھ
سوچنی، تِم گرٕ ٹھہی تھیٹرس منٛز مَن رٔٹِتھ نیبر نیرِنی ضرور دِر مگر تہٕنگی تاثرات تہٕ سوچ ہیتھ
یِتھ یہٕ دُنی یا بدلاوِ ہٕن تہٕ آدم رُت اِنسان بنِہ ہیے، بجا تہٕ پائیدار بنی سپدِ ہیے۔

کانٛہہ تواریخی واقعہ یا لُکہٕ کتھ تہٕ چھس بہٕ یِنٛس مخصوص رٕوپس منٛز پیش
کران۔ ییمہ جدید دورس سٟتی تعلق آسہٕ۔ خالص تواریخی واقعہ یا لُکہٕ کتھ یِرِھ آسہٕ
تہٕ یِرِھ چھینہٕ منٛز کِنہٕ کانٛہہ دلچسپ بِکھاوان ٹلی کرِ اَتھ گُزشتہ ضرور موجودہ دورس سٟتی

مُناسبت تہٕ تۆلُق آسُن۔ یِیٚمہِ کِہیٚ دٔلیل لٔگِہ کٔتھ یا توارِیخی واقہٕ ہیٚیِہ بدلِتھ یا تہٕ چھہ
عَلامتی کِردار اِختیار کران یا مَجازی یا تمثیلی رۄٗپ رٹان۔

پَنُنہِ وُجوٗدُکین سفرن مَنٛز تہٕ چھُہ مےٚ کٲشِرِ ہِنٛدِ لول تہٕ اَدار مےٚ چھُہ یِتھیٚک
بٲگرٲو، تَرٛلِش تہٕ میٚنٛز ٹاٹھ۔ اَکِہ اَدٔرِ یِتھ نابہ ہِنٛد اَتھیلون گنٛڈ چھُہ مےٚ اَتھہ رٔشتس
سٟتی جۆڑمٕت۔ یِوہَے وَجہ چھہ شاید یِیٚلہِ تہٕ مےٚ موقہٕ میلہِ تہٕ چھُس راج ترنگنی ہِنٛدی
وَرق پھیران تہٕ پَران یِتہٕ مےٚ یِیِٚہ چھہ میٚنٛزٕ ہِنٛز کتھہٕ چھِیٚہ میلان۔ یِیِٚمہ وٕ اَدی ہِنٛدِ
مُسافِر چھِہ مےٚ پٔزٲرنا دوان۔ اَمارن گژِ یِکِہ دِوان۔ خوشیہ آسٛثٕر تہٕ واہ آکھ جوٚرِ ژن
دُلِش دِوان۔ یِیٚتہٕ قٕیمن موٚمن تہٕ رِہن ہِنٛدِ ژِکرِ پیشیرِ تہٕ رنٛگہٕ بدلون دٔریٚمہِ ژھَن
چھُہ مےٚ پانہٕ اَکھ ڈراما لبنہٕ یِوان۔ یہ چھُہ سُہ رٔشتہٕ یُس آدمس تہٕ قدرتی قوتَن پانہٕ
دٲرِ چھُہ تہٕ یوہَے رٔشتہٕ چھُہ میٲنِس اَکِس ناٹکس پوٚت مَنظرٕ تہٕ بخشان۔

---

"طوطہٕ تہٕ آنہٕ" چھُہ حاضِر۔ طوطہٕ چھُہ تی باوان یہ ہیٚوٚ ہِمت چھین آسان،
تہٕ آنہٕ چھُہ تی ہاوان یہ تِہنٛدِ آسہِ س۔ یٔز یِیِٚمہ رنٛگہٕ وُچھوٚس تمی رنٛگہٕ ہاوِ عکس۔

فروری سنہ ۱۹۸۳ء

موتی لال کیمو

کردار:-

مرد

آدا رنگ

سدا رنگ

راز

دانا وزیر

دیۂ داس

طوطا

زنانہ

بہارانی

وزیراماں

اپسراجے

شمیرا

تہ

کورس

(گٔہلس جنگلس منٛز کھوٗژنہٕ موکھہٕ ڈول تہٕ تالہٕ ہوٚرہ وایان وایان
ادارنگ تہٕ سدارنگ اژان)

ادارنگ : (نمسکار کٔرِتھ لوٗکن کُن)۔ شرن گژھہِ تس آدِ دیوٚس گرژھن یِس ساٲنِ
وِگنن چھُ دوٗر کران۔

سدارنگ : (زٔنتہٕ کانٛسہِ دیوٚس پٔرن ہیوان) پٔرن گژھہِ تس رازس ییٚون یِس
بٔیہ نِشہٕ چھُ دوٗر تھاوان۔

ادارنگ : سدارنگ! گوٚن تہٕ گٔہل وَن ترٛاوِ اَسہِ پتھ (وائِن ترٛاوان)

سدارنگ : (ژٕوہ پٲرِ نژان) شُکُر پرمیشورٕ سُند۔ ییٚتہٕ چھُ تی باسان ادارنگ۔
ییٚتہٕ چھُ جانانا وار موٚدُر بوٗلِ کران۔ ہاں۔ اَسی چھہ کٔتھ تام تیٚپہٕ وٕلنس نزدیکھ۔
وُچھ ییٚتہٕ چھُ خالِص وَچھہ کٔجہِ۔ ہی تھرِ نہٕ گوٗلاب تھرِ۔ واہ واہ! خوش
یوٗن نظارِ۔

ادارنگ : اَما ہلوطِ سُند بوٗلُن چھُ کَمن گرژھان۔

سدارنگ : وُچھ ہکیاہ چھُ اسمٲنی دُپھان۔

ادارنگ : یہِ چھُ اَسی نزدیکھ یِوان۔

سدارنگ : نژان نژان دُپھان۔ اَسی وُچھتھ توشان۔

ادارنگ : زٔنتہٕ چھُ اَسی اَلنہٕ تہٕ وٕلِتھ یِوان۔

سدارنگ :۔ سونٔے کاتھہ پنٕز ما چھُہ ؟

اُدارنگ :۔ اَلے ! وُچھ دزاد پننہٕ جور سیٹھی تکھ پالس ۔ دِ قدم ۔

سدارنگ :۔ پزٕ یہن جایا وُچھنہٕ گُڈ ہاو ٹھکن ۔ پتہٕ رٕنہٕ ہو بتہٕ پاو ۔

ادارنگ :۔ پوز یو چھُ چھپے سہی لجھنرٕ تکھ جُل جُل ۔

سدارنگ :۔ ادارنگ ! تُلکھ نا کاتھہ تال ۔

ادارنگ :۔ تال کٔنہٕ راگ ! دُرید کنہٕ بوڈ رنگ ۔

سدارنگ :۔ تمہٕ سیٹھی گُذرِ سمے ، بٕیہٕ زُلہٕ ٹھکن ۔

ادارنگ :۔ تہٕ اَسہٕ کوت چھُہ واتُن ؟

سدارنگ :۔ راز دانہٕ ۔

ادارنگ :۔ کیاز ؟ نمنترن چھا کُنہٕ راز گرُک ؟

سدارنگ :۔ نہ تِتہٕ چھِپے رنگہٕ دِ ہے لگن واجینی ۔ اُسی تہٕ باوو پنُن رنگ

ادارنگ :۔ تمے پرانہٕ دیوی دِ دتاہن ہنٕزِ لیلا یہ ۔

سدارنگ :۔ تی چھُ سون پیشہٕ ۔ مورُوثی پیشہٕ ۔ اَدَے چھُکھ دوٚ نمت ۔

ادارنگ : کیا سنا ؟

سدارنگ :۔ ادارنگ تہٕ سدا رنگ بیٚلہٕ نٔکران لیلا رنگ

ادارنگ :۔ رنگہٕ دوپہٕ پھولان رنگ لگہٕ جشنن کھسان رنگ

سدارنگ :۔ اَسہٕ چھُ پھولان پانس زنگ

ادارنگ :۔ لوکن منٕس زلان زنگ

سدارنگ :۔ یُس تہٕ بوان ماتگے دان

اَدارنگ :- تُس ما اَنان تۄتہٕ تنگ۔

سَدارنگ :- ادارنگ ! ہے ادارنگ۔

ادارنگ :- رُچھُن پہوان لڑکہٕ رَنگ۔

سَدارنگ :- اَدارنگ ہے اَدارنگ ؟ (ژھءپھ) بوزان چُھکھ نا اَدارنگ۔

اَدارنگ :- مےٚ آسہِ دٕلیٖس یَتھ رَنگہٕ ستی اَمژ۔ وَن کیا چُھے وَنُن۔

سَدارنگ :- گُمتام سُندیکُن ہیوٚ چُھ گڑھان۔

ادارنگ :- یَتھ جنگلس مَنز ؟

(دوشوٕے زَنتہٕ کھوژان)

سَدارنگ :- آ۔ دُچھ ژھائے ہِش چھےٚ گژھان ؟

اَدارنگ :- ٹھیک چُھ۔ وایان گژھ تیٚلہِ نالہٕ ہوٚر۔

سَدارنگ :- تَکہٕ دِن دِن۔ تَکہٕ دِن دِن دِن۔

اَدارنگ :- تَکہٕ دِن دِن دِن۔

(یِس منظرس مَنز گژھان راژہٕ سنٛز آواز)

راژہٕ :- خبردار ! تُہۍ کُم چھِو ؟

سَدارنگ :- تَکہٕ دِن دِن دِن۔

اَدارنگ :- (زورہٕ زورہٕ ڈوٗل وایان) تَکہٕ دِن دِن دِن۔

راژہٕ :- یِمن برژہ نَہ پَکو۔

سدارنگ :- سیاہ دٕیو ! یہ کمۍ ہنٛز آواز !! (ڈوٗل تہٕ نالہٕ ہوٚر وائین بند کران)

اَدارنگ :- ٹھہر ! ژٕ ئیٚس چُھکھ نہٕ چُھکھ۔ اَسہٕ برژہٕ نہٕ کُن پہٕ۔

(راجہ پوشاک، تاج لاگتھ راز یوان برونٹھہ کُن)

راز :۔ آس! ڈیچھو کُس چھُس؟ راز وِکرم؟ مشہور راز ا مئے چھو ناپرزناوا۔

سدارنگ : (حاران گژھتھ) راز وِکرم۔

ادارنگ : سون راز وِکرم!

دوشوُے : (پیرن پیوان) تہٕ ہیرٕ مہراج اُمسن سون بجے جے کار۔

راز :۔ تُسکسی روزِو اتہِ کم چھو؟

اُدارنگ :۔ اُسی نہرا (ڈول دایان) تکرِ دِن دِن دِن۔

سدارنگ :۔ مہاراج! لیلایہِ گرٕی۔ ناٹکھ کرن والی۔

ادارنگ :۔ مہراج! ڈولِ کیا اَگیا چھئے۔

سدارنگ :۔ اُسی کیہ سیوا ہیکو کرِتھ؟

راز :۔ میٔون ٹوٹھ تُوکر سنجے داس گنذرِو۔

اُدارنگ :۔ تتراہی تتراہی!!

راز :۔ مئے چھُو تُس ہتھ کو لہٕ ہٹھِس پیٹھ داہ دُین۔

ادارنگ :۔ داہ!! مہاراج! اَسہٕ ما گژھ پراہ!

سدارنگ :۔ اُسی مہاراج چھنہٕ کاوج۔

اُدارنگ :۔ اَسہِ مہاراج چھُ رازداہٕ واتُن۔

راز :۔ تہٕ ہیہ چھہ راز وِکرم حُکم دوان رشہ چھُینہٕ کینٹھہ نہٕ بوزُن یژھان۔

اُدارنگ :۔ مہاراج شُنڈ حُکم۔

سدارنگ :۔ راز وِکرم شُنڈ حکم! تہٕ ما دفیہ؟

راز :۔ (پَننہِ اَونگجہِ ہاوِتھ) اَکھ سونہ سِنٛزر داج!

اَدارنگ :۔ پکو۔ مہاراج! اَسی سادوو توہہ۔

(ترنیشوے زُنتہ گُلو لَنٛجو نہ پَنٛنہ ڈُتھرد مٛنٛزی لپکان تہ سیٹجس اوریور چِکر دِوان)۔

راز :۔ پکو مِےٚ سیتی۔

سَدارنگ :۔ مہاراج! گستاخی ماف۔ تُہی کیاز یتھ وَلس مَنٛز پَنٛنہٕ نوکرہ چاکرو روٚستے۔

راز :۔ توہہ چھیت خبر؟ راز دِکرم چھُ ڈُریِس مَنٛز کینٛہہ ریتھ جنگلَن مَنٛز گُذاران۔ اَدِ کینٛہہ دوہ گاَم یتھ جنگلَس مَنٛز تہ میون راز۔ آں۔ آں۔

سدارنگ :۔ کُس مہاراج! تُہنٛد راز!

راز :۔ میون نوکر سنجے داس گو مرِتھ۔ ہنگہِ مَنگہ۔

اَدائنگ :۔ ہنگہِ مَنٛگہ۔

سدارنگ :۔ تراہہ تراہہ۔

راز :۔ ژکہِ اوس سُہ بَڈ رَحمدِل تہ دَیا دان۔ ڈُہی! اَکھ طوطہِ جوری اَس کُلس پیٹھ دِولسنس آہٕر۔ اَسی دوشوے راز۔ ۔ ۔ ۔ تہ بہٕ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

اَدارنگ : تُہی کیا مہاراج وَنان، راز تہ تُہی؟

راز :۔ یانے بہٕ راز دِکرم تہ سنجے داس اَسی یمَن تھَلہِ تھَلہِ وُچھان تہ اُتھو مَنٛزی آو اَکھ طوطس کَس تام شِکارَن شُشد تیر تہ سُہ آو لاینہٕ۔ دوٚیم طوطہٕ گَو وہ داَسی۔ تمہٕ دِتی نالہِ تہ رازَس گَو صدمہ۔

سدارنگ :- ہے ! کیا مہاراج چھوٖ ونان؟

راز :- مےٚ کیا ووٚن ؟

ادارنگ :- ز راز س گو صدمہ۔

راز :- اوہ! اوہ !! (دگلس ٹھکھ کرتھ)۔ نہ۔ نہ۔ سنجے داسس گو صدمہ
تہٕ تمی ترٛاوٕ ونی پران۔

ادارنگ تہٕ سدارنگ :- ترٛاہہ ! ترٛاہہ !!

راز :- تمہٕ پتھ چھیم سخت پھیران۔ کنہٕ تہٕ چھیم کھوہ کھر گژھان۔ کنہٕ تہٕ؟

ادارنگ :- مہاراج ! تھہ آسہٕ ہے یہ سیٹھا ٹوٹھ توٚکر۔

راز :- سیٹھا ٹوٹھ ! ییتھ ز راز اوس تہٕ مےٚ وراے کانٛسہٕ ہند اتھہ کھیون
چھوان۔

سدارنگ :- مہاراج ! یہ کیا چھیوٚ ونان ! تہیٚ چھو نا راز وِکرم؟

راز :- آ۔ آ۔ بہٕ چھس راز وِکرم! مہاراج وِکرم !!

ادارنگ :- تیلہ کیاز چھیوٚ ونان ز راز اوس تہٕ تھہ وراے کانٛسہٕ ہند
اتھہ کھیوان چھوان۔

راز :- ہے افسوس ! بہٕ چھس غمس منز اور یور لگان۔ راز اوس تہٕ تیٚزی کنی
آں۔ ہاں۔ بہٕ اوسُس تہٕ تیٚزی کنی سنجے داسس وراے کانٛسہٕ ہند اتھہ
کھیوان چھوان۔ سنجے داس اوس یکہٕ وشواس پاتر۔ پرتھ ساتہٕ مےٚ
سنٛز سیتی۔

ادارنگ :- (پھکان) مہاراج ! تُہہ کوتاہ چھہ پکُن؟

راز :- بس وأتی۔ ہتھ کُلۍ گِنزس تام۔
(رازٕ ژُنی اُژان اَکھ لوکُٹ پَرد وَہراوِتھ یتھ پیٹھ جنگل چھ بناوِتھ)

سدارنگ :- مہاراج! تہٕ ہہ اوس نا بٔنیہ کاتھہ وُزیرا، وارٕ ژیکاہ ستی۔

راز :- رازٕ وِکرم اوس ہم دوہہ جنگلن منٛز ناٹکس پننِس نانٹھس نوکرس سٟتھے داتس ستی گُذاران۔

اُدارنگ :- مہاراج! توٚہی کیاز اُسہٕ شکس منٛز نژاوان؟ تُہی چھو نا راز وِکرم؟

راز : آ۔ آ۔ یہ چھُس مشہور رازٕ وِکرم تہٕ یکیاہ چھ میون نوکر سٟتھے داس اُتھرِتھ شریر۔
(رازٕ پرد ہیتھ نیران۔ اَتھ پتھ چھےٚ نوکر سٟتھنز لاش درینٹھ پوان)

اُدارنگ :- دَے دِین اُہس شانتی!

راز :- (رازٕ اُچھ دُیٹھ) مہاشانتی!!

اُدارنگ :- یہ آسہٕ ہے سیٹھا شوٚد نوکر؟

سدارنگ :- بُڈٕ رُت؟

اُدارنگ :- باپرژھ؟

سدارنگ : تہٕ ــــ وفادار؟

راز : (شکہٕ سان) تُہی کیاز یہ دِنان؟

اُدارنگ : (زنتہٕ وَدان) مہراجہٕ سُند ٹوٹھ نوکر مُرتس پلیٹھ۔

سدارنگ :- اُمس کُنۍ آسہٕ دَژہ وانٛجہٕ ژھٹُش باکھ۔

اَدارنگ :۔ مہاراج ! اُمِس ما ژ‌ۄل اَنتہٕ وَقتَس کیٚنٛہہ نیٚبر نٕنہٕ موکھٕ مُشِر۔

سَدارنگ :۔ مہاراج ! اُمِس ما اُس کانٛہہ یَژھاہ ؟

راز :۔ یَژھا ؟ آ۔ آ۔ اُمِس اُس یَژھا !

اَدارنگ تہٕ سَدارنگ :۔ مہاراج ! کیا ؟

راز :۔ راز بنہٕ نٕچ۔

ادارنگ تہٕ سَدارنگ : کیا ؟

راز :۔ راز بنہٕ نٕچ۔ آ۔ بہٕ اوس یَژھان راز بنُن۔ (پانَس سٟتی) رازہٕ دِکرم بنُن۔

اَدارنگ :۔ یوٚت گستاخ !

سَدارنگ : یوٚت چُب تہٕ جُرئتھ۔

راز : ڈۄلہٕ تھٕہی کرُو ندٕنھ۔ تٕمون کولہٕ بٕجٕھس تام۔ تُہی بناوس ژٕ ہنسا تہٕ تٕموی زاُلیتھ۔

(اَدارنگ تہٕ سَدارنگ لاشہٕ کُلَس تہٕ کھوٚرو تل تُلان تہٕ راز کرِس تل شو ہیتھ ساری سےسٹیجس چکر دِوان)۔

اَدارنگ : مہاراج ! تلیفون ؟

سَدارنگ : تلیفون ! اوم دیا !

اَدارنگ : یہ شو مہاراج چھُ سیٹھا گوب۔

سَدارنگ :۔ یہ مہاراج چھُ وُشُن

(طوطہٕ سِنز بوٚلی گژھان)

راز :۔ وُشُن ! یہ چھا وُنہٕ وُشُن۔ نہٕ یہ آسہٕ شہٕ ٹھیوٚمُت !۔

اَدارنگ : ( اسمانَس کُن وُچھتھ ) اَما یہِ طوطہٕ کتھ دوٚڈُن۔ یہِ چھُ اَسہِ پتہٕ پتہٕ وُپھ یوان۔

سَدارنگ :۔ یہِ ما چھُ باوٕر گژھمُت ۔

(ساری ترٛٲوِ ہرکژ کران زٕنتہٕ چھکھ دِگن یوان)

اَدارنگ :۔ مہاراج ! یہِ کوتاہ بَد چھُ۔ یہِ زُن چھُ توہہِ دِگہٕ یوان۔

سَدارنگ : یہِ مہاراج چھُ طوطہٕ جوٗرٕ۔ دوٚیوٚ مُنٛزٕ اَکھ توہہِ دِگہٕ یوان۔

راژٕ :۔ ہا۔ ہاں۔ ہاں۔ اُف۔ تھٲوِو یہِ شوٗ یینہٕ لَس۔

(شوٗ خوان ہیٚور کھوٚر سیٖنبَس کُن پتھر) گژھہ ہوٗ اَنِو دوٚنی یِیمہٕ جنگلہٕ
مُنٛزٕ ہہ چھُ ہیچہ ژھٲرِتھ یہِ زالون۔

اَدارنگ :۔ مہاراج ! یژھہ آگیا آسہٕ۔

سَدارنگ : مہاراج ! یہِ طوطہٕ چھُ توہہِ دِگہٕ یوان۔ ڈُنو اگر اَسی گردس ہش
ہش کران لار۔

راژٕ : تہٕ یہٕ گنڈن پلنے۔ راژٕ وِکرم چھُ جاناوارن تام اِنصاف کران۔ گژھو
اَنِو ہیچہ سوٗسرا اَدِنھ۔

(گاشِس سُوتان، راژٕ نیران۔ ادارنگ تہٕ سَدارنگ ساری سے
سیٖنبَس کھیران پتہٕ وَنکھٕ منٛزی زنی ہیچہ ہیٚنے ہیٚنے اڑان زٕنتہٕ
تھکی متی)

اَدارنگ : سَدارنگ ! کیا سا ژریوٚ نتھ کینہہ ؟

سَدارنگ :۔ کیاہ سَنا ؟

اَدارنگ :۔ یہِ راژٕ کرِتھ کتھ ادس کران ؟

سدارنگ :- اڈرِ نہٕ یۄری۔ گرا میٹون راز تہٕ گرا میٹون نوکر سینٛے داس۔

اُدارنگ :- اُمس چھا پزی کینٛہ منِدمہ؟

سدارنگ :- نوکرہٕ سُند مُرنٛگ ؟

اُدارنگ :- وُچھ کیاہ ڈُنکھ۔ راژس بنِن خبر گیتی نوکر۔ اُکس موسُولی نوکرہٕ ہندِس

مُرنس پیٹھ پھیر پانس یوٗت۔

سدارنگ :- ٹوٹھ گو ٹوٹھے۔

اُدارنگ :- مےٚ چھُ شک ہیوٗ گژھان۔

سدارنگ : کیاہ ؟

اُدارنگ :- یہ چھا پزی پاٹھی راز دِکرم۔

سدارنگ :- چھُنا ؟ یہ نتہٕ اُڈکُس۔ وارٕ تہٕ کارٕ راز دِکرم۔ مگر۔

اُدارنگ :- کیاہ۔ مگر کیا ؟

سدارنگ :- کتھ کران وُچھا پزی تہٕ کاڈپو ڈولمت ؟

اُدارنگ :- اُدِ ساُ تہٕ تُل ہیچہٕ تنڈلِ۔ اَسہِ کیا ؟ راز اُسی تن کاڈپو ڈولمت

اَسہِ کیاہ گژھ ؟ یکھ نہٕ کولہِ بٹھس تام۔

سدارنگ :- (ہیچہٕ تلان) یکھ یکھ — ولے۔ ییتہٕ کرمو کلوٗ ووٗنی۔

اُدارنگ :- داہ پینتہٕ !

سدارنگ :- داہ پیتہٕ تہٕ پیتہٕ ؟

اُدارنگ :- پیتہٕ گژھو نگرکن۔ یوٗت جلد ہیکوٗ گژھتہ تیوٗت جل۔

سدارنگ :- یکھ تیلہِ جل۔ کراوم دِیا (بورٕ تُلان)

اَدارنگ :۔ ہی دیا۔

(نیبران۔ گاسش سۆتان)

(کینٛہ تٔپہٕ ریٚتشی۔ داس۔ سپاہ۔ ژونٛز۔ موسیقار۔ نوکر۔ پاچھدر، باپارٕی۔ دأسی بر بییترِ مختلف پوشاکھ لاگِتھ اَژان کورسہٕ کِس رٕدپَس منٛزٕ۔ گۄڈنٛہ پَتہٕ سارٕی سیٚٹجس پیٚپرِتھ ہیٚور سیٚٹجس گَھسان تہٕ ژھِم سارٕیٚ کامہٕ اَنجام دِوانِ یمہٕ پَرتھ منظرَس ستی وابستہٕ چھیٚ۔)

کورَس :۔

اَپشَر سوزان چھُکھ ژٲرِی ژٲرِی — لُکہٕ نایک گونہٕ گٲری یے
بیٚیہٕ چھُکھ کَرتَل زیٚوِ دوٕگٲری — یَم کٔتھی سأ دیٛوہٲری یے
نیٛشرٲن اَتھِ ییٚلہٕ لگہٕ سَرداری — آسہٕ رٔتین لاچٲری یے
یَرٕس یِرٕنین تھاوَن نٲری — یَم کٔتھی سأ دیٛوہٲری یے
سَکرتوتَن ماچھُکھ پرٕژہ گٲری — تھٔزٕ چھکھ ناماداری یے
اَسان سٔہکو یَم اُدھیکٲری — یَم کٔتھی سأ دیٛوہٲری یے
پٔراران آسَن اَتھ دأری دأری — آشاوان لُکھ سأری یے
اَتھ چھیٚنی لوسان چھی پٔرأری پٔرأری — یَم کٔتھی سأ دیٛوہٲری یے
اُتنہٕ بَلاہ تُت سَروٕ آدِکٲری — راجیُت چھاوِ ژوٕپٲری یے
یِ گیہٕ دُتنیج سأدمکٲری — یَم کٔتھی سأ دیٛوہٲری یے

(دٔپتھ اَکہٕ اَکہٕ وَنان)

۱۔ بھرشٹاچأری

۲۔ وبھی چاڑی

۳۔ دُر آثا پڑی

۴۔ کوہ گرمن لاڑی

۵۔ کہہ وٹھ آری

(کورس گھسان ہیونر سٹیجس۔ موسیقار رٹان پنٕنی جاے
ژوٕنژ تلان وادجہٕ بیترٕ تہٕ روزان اکس تختس دٔپاسہ، بیٚیہٕ
زٕ داسی پہٕ روزان زنتہٕ ڈیڈی وان بنتھ۔ بلکہ روزان کورُس
سٹیجس تھر کرتھ لکن کن۔ موسیقار وایان تال یتہٕ پیٹھ داناوزیر
پرویش کرٕ)

دانا وزیر:۔ اے داسی! راج ماتا پہٕ کرٕ شینچھ۔ ہٕ چھس تہنٛد درشن کرنہٕ آمُت۔
(اکھ داسی پوت پھیرتٕ بیٚیس وِنگہ کن گژھان۔ تہٕ
پتہٕ اکڑتہٕ واپس پھیرِان۔)

داسی:۔ مہارا! راز ماتا چھیہ یوری پکان۔

(موسیقار دِوان تال تہٕ مہارانی گژھان دٔیمہ طرفہٕ پرویش)

دانا وزیر:۔ راز ماتا! نمسکار۔ پادٕ پرنام

مہارانی:۔ نمسکار (تختس پیٹھ بہان) دٕنو تہی کیتہٕ کنہٕ چھو سندِھیا سیِس آمتہ۔

دانا وزیر:۔ ماتا! وُنی وُنی واتٕ شینچھ زِ مہاراج دِگرم چھہ وَنہ پیٹھ واپس پکان۔

مہارانی:۔ (خوش گژھتھ) اچھا! تم چھا ٹھیک پاٹھی۔

دانا وزیر:۔ ماتا! شینچھ چھیہ زِ تم چھہ بِلکل ٹھیک۔

مہارانی :۔ پرمیشورٕ سُند اَتھٕ گژھیہٕ۔

دانا وُزیر۔ مگر۔

مہارانی :۔ مگر کیاہ؟

دانا وُزیر :۔ خبر چھےٚ زِ تمَن سٕنزِ رٲژن دول نوکر سنجے داس چھُ ..... سُہ رگواس گومُت۔

مہارانی :۔ ہاں! ہَئے ہے ...... سنجے داسس کیاہ سپُد، سُہ ہَئے دارٕ تہٕ کارٕ

اوس، اوّر تہٕ دوّر!

دانا وُزیر :۔ تمِس کیاہ سپُد، تہٕ ماتا تِمَن دوٚن پاٹھٕ رازس نِش اماپوز .....

مہارانی :۔ اماپوز ...... کیاہ؟ بیٚیہ کانٛہہ کتھ چھا؟

دانا وُزیر :۔ ماتا بوٚد وۄے آگیا آسیم تہٕ وَنہٕ؟

مہارانی :۔ وَن؟ وَنان کوٚنہٕ چھکھ؟ شُبے چھا؟

دانا وُزیر :۔ شُبیٚ چھُ ماتا۔

مہارانی :۔ نیٚیلہِ کیاز چھکھ وسواسس بران

دانا وُزیر :۔ ماتا۔ وسوٲسیچ تہٕ چھنہٕ کانٛہہ کتھ مگر.........

مہارانی :۔ دلیل کیاہ چھےٚ۔

دانا وُزیر :۔ یہ ماتا چھُنہٕ پتاہ زِ رازَن کیاز بدلوو پننُ اِرادٕ۔

مہارانی :۔ کُس اِرادٕ؟

دانا وُزیر :۔ تم اَسی شامن رٲژن پٹھ تیٚہ وَن دراہتی۔ تہٕ اَکی رٲژتی کیاز

کوٚرکھ والیَس راز دانہٕ پننگ اِرادٕ۔

مہارانی :۔ دانا وُزیر! اَتھ مَنز کیاہ چھُ۔ گرٕ چھکھ، راجپاٹھ چھکھ۔ پرزا چھکھ۔

سوٗرٕے چھُ تھٲنٛد۔ گوکہ منشا تہٕ ین واپس۔

دانا وُزیر:۔ بے شک اِسوٗرٕے چھُ تھٲنٛدٕے۔ اَما پۄز مےٚ چھےٚ مَنٕس مَنٛز اَشنکا ہِش ووتلان۔

مہارانی:۔ کیا سنا؟

دانا وُزیر:۔ راز گَرٕ ہٕیٚن اِرادٕ بدلاوُن وول۔ بٕیہ پھشراوُن تہٕ تم ہٕشنگ مُشنگہٕ مُربادا۔

مہارانی:۔ (اَشنکس منٛز پیوان)۔ کُس اِرادٕ؟ کوٚسہٕ مُربادا؟

دانا وُزیر:۔ اِرادٕ تہٕ رشِین رٕہنٕہ پیٹھ دٕراپہٕ تم تیٚہ وُن تہٕ وُرکیٚس منٛز شیٖٹھ رٕتھ تیٚہ وُنس منٛز گُذارٕنۍ چھےٚ تھٲنٛدِ۔ راز گوٚبلچ مُربادا۔ تہٕ یہٕ مُربادا پھشراوُن تہٕ تم۔

مہارانی:۔ تہٕ ژٕ یٚہ کیاہ اَشنکا چھےٚ۔ کانٛہہ دُشمن کَرِ یا حملہٕ؟

دانا وُزیر:۔ نہٕ۔

مہارانی:۔ کانٛسہٕ وُزیرس بدلے یا زنیتہٕ۔

دانا وُزیر:۔ نہٕ۔

مہارانی:۔ کانٛہہ سازِش۔ رازس بَرخلاف۔ راز کولس بَرخلاف۔ دَرمس خلاف

دانا وُزیر:۔ نہٕ۔ نہٕ۔

مہارانی:۔ تیٚلہٕ کوٚسہٕ گَنٛڈ چھےٚ؟

دانا وُزیر:۔ مےٚ۔ مےٚ۔ ماتا چھُنہٕ دُنٛن تگان۔

مہارانی:۔ دَن؟ بے خوف پٲٹھۍ دَن۔ مےٚ چھےٚ ژےٚ پیٹھ پَژھ۔ راز س چھُ

چانہٕ وفاداری پیٹھ ناز۔

دانا وزیر :۔ ارادٕ بدلتھ کوٚلہٕ مٔریادا کھٹرتھ رٔیتی واپس یُن۔

مہارانی :۔ دلیشہٕ کلیانہٕ منز یاکہٕ لکہٕ رٔژرٕ تہٕ پٔرزابہٕ ہنٛدہٕ پاپہٕ چانی موکھ چھِ یوان ارادٕ بدلاونہٕ تہٕ مٔریادا کھٹراونہٕ۔

دانا وزیر :۔ مگر مےٚ چھےٚ بٲوتھ لگان کٔرتہٕ پننہٕ شنکایہٕ ہنز۔

مہارانی :۔ کیاز سنکوچ کیاز۔ کٔنہہ چھیتہٕ باونی لایق۔

دانا وزیر :۔ ماتا۔ یُس راژ وِکرم لگاہ یور پٔہیۍ شہ آسیا سےٚ تہٕ تتھےٚ راژ وِکرم یُس یُرہٕ تیہٕ وَن درانُود۔

مہارانی :۔ (دودہٕ سٕتھ کنٛڈہٕ تھا) ہےے! ژٕ کیا وَنان۔ تم چھا ٹھیک پٲٹھۍ۔ ژٕ کیاز مےٚ وٕنِتھ منز ترٲوان۔

دانا وزیر :۔ تم چھہٕ بلکل ٹھیک مگر سُہ آسیا سےٚ راژ وِکرم۔ نیٖلیہٕ کنہٕ دھرماتما کرمہٕ وان۔ پٔرزابہٕ لوٗٹھ۔ راژ وِکرم کیٛاہ بدلیوٚمُت ژرہٕ پٔھر۔

مہارانی :۔ (وسواسہٕ سان) سُہ نتہٕ آدٕ کُس۔ ژٕ کیاہ وَنان دانا وزیر۔

دانا وزیر :۔ ماتا مےٚ وَنیوٗد گہ ڈٕسے زِ مےٚ نگہٕ شہٕ وَنُن۔

مہارانی :۔ ژٕ کرنہٕ صاف صاف وَنان۔

دانا وزیر :۔ مےٚ چھُہ وٕہمہٕ سپنیوٚمُت۔

مہارانی :۔ دانا وزیر آکُس وٕہمہٕ تمہٕ ہیوٗ تمُت۔ راژ وِکرمس کُس، اکھ ہیکہٕ نہٕ زانِتھ تہٕ پرٕنہٕ ناوِتھ۔ ژٕ۔ ہٕہ— وٕہم وزیرہٕ سلیناہ۔ سیٖنا۔ مگر واسی۔ کُس اکھ زانہٕ نہٕ تمن۔

دانا وُزیر :۔ ماتا میوٚن وٚہمہٕ۔ میوٚن بٔرم۔ میانٮ۪ن شنکا چھےٚ سیٹھاہ مُشکل باوٕنۍ۔

مہارانی :۔ گژھہ وسواس نہٕ ہیٚیتے۔ کٔرِو راز دِکرمس باشان سوٗاگت کرنٕچ تیاری۔

دانا وُزیر :۔ ماتا ضروٗر کرو۔ مگر اکھ وٕنتی چھم کرٕنۍ۔

مہارانی :۔ وٕنِو۔

دانا وُزیر :۔ ماتا ! تُہیٚ ہٮ۪کِو نہٕ تۄتام رازس پان ہاوِتھ یۄتام نہٕ بٕہ توٚہہ مشوٗر دِمہٕ۔

مہارانی :۔ (شرارتہٕ سان) کیا مےٚ چھا وٕنی چارٕ حُکمہٕ پتہٕ تِمن سمکھن۔

دانا وُزیر :۔ کھما کٔرِو ماتا ! اکھ منٛز چھُ راز کوٗلک تہٕ کلہٕ مریادا یہِ ہُنٛد پٔژر نہٕ بجر۔

مہارانی :۔ بہٕ زانہٕ ساریوٚے راز مریادایہِ۔ ژٕ چھکھ خالِص وُزیر۔ ژٕ چھکھ پنٕنی حکومتہٕ مُشرتہٕ مےٚ حُکم دِوان۔ مےٚ چھا پنٕنس سوامیس سٕتۍ اجازتہٕ پٔراوِتھ سمکھن۔

دانا وُزیر :۔ ماتا ! بٕ کتہِ کرٕ تِژہ حماقتہٕ ! مےٚ کٔر صرف اکھ وٕنتی تہٕ کیاہ بٕہ ہیکہٕ نہٕ توٚہہ نِش پنُن وٚہمہ صاف پاٹھۍ باوِتھ۔ نہٕ بھگوان کرٕنۍ میوٚن وٚہمہٕ مٮ۪یانٮ۪ن شنکا اٮ۪مۍ اپُز۔

مہارانی :۔ ٹھیک چھُ۔ ژٕ سمکھ زِ مےٚ لگاہ سنٛدیا سمیس۔ چانہٕ مشوٗرٕ پتہٕ ہاوِ بٕہ رازس پان۔ نیٚ بنہٕ دِلہٕ ڈر۔

دانا وُزیر :۔ دِیو ماتا اجازتھ ؟ راز دِکرمس تہٕ رانہٕ ماتایہِ اکھ چھےٚ ژھ کار دشیران۔ راز ماتا نہٕ نیران۔ ژِ دِ تر نفاوان واو یہٕ بٕیتہٕ پینہٕ چھایہٕ۔ کورس بیٚیہِ تۄن سٹیجس پیٹھ رلان۔ موسیقی تہٕ تال وزان چلیہِ وٕنی)

(کورس)

زیٖٹھ :- تیٚتہٕ گٔژھ راج تاج دِتھ وبدِاین کٔنہ پان چھیٚپہ۔

باقی :- تمہٕ راز ۂری ژٔندراژن۔

زیٖٹھ :- کُن پوتُر تہٕ بھاریا کرِن مٔنز بازرن نیلام۔

باقی :- تمہٕ راز ۂری ژٔندراژن۔

زیٖٹھ :- سۅ پنُس مٔنز بخشُن راج تاج تہٕ تخت وِشوامترس۔

باقی :- تمہٕ راز ۂری ژٔندراژن۔

زیٖٹھ :- یمہٕ پزرس یتھ کورپان جان تہٕ کوٚمب فدا۔

باقی :- تمہٕ راز ۂری ژٔندراژن۔

زیٖٹھ :- تہٕ بنیوو پزرچ اکھ مثال۔ لازوال مثال۔

باقی :- ستیہ وادی راز ۂری ژٔندر۔

پزِ ہیور راز ۂری ژٔندراز

زیٖٹھ :- یتھ سمسارس مٔنز یتھ تیٚج دۄہ ہیٚے رٔنیو تہٕ گاٹلیو خارٕی۔ نادارٕی۔

دۄکھ تہٕ سنکٹ۔ مگر

باقی : رۅژھکھ دۄہ ہیٚے۔ پزر تہٕ انصاف۔

ساری :- پزر تہٕ انصاف۔ پزر تہٕ انصاف۔ پزر تہٕ انصاف۔

(کورس واپس ہیور ییچھ کھسان۔ وزیرا مال آسان پلنگس
پیٹھ بیہتھ تہٕ دانا وزیر گران ادر یور۔ وزیرا مال ونہ تھان
مایہ ہٕشر تہٕ یوان دانا وزیرس نش)۔

وزیر امال:- کیاہ چھو سونچان۔

(ژھوپہ)

دوٚیمو کمن غوطن چھو گمتی۔

دانا وزیر:- گژھہ کر آرام! مہ سۄن پیٚیہ آو ژیر۔

وزیر امال:- کتھہ کنٛی کرٕ آرام! تۄہہ چھہ کو سنام فکرٕ۔ غم۔

دانا وزیر:- نہ فکرٕ نہ غم۔ بلکہ شنکا۔ شک۔ اوے چھُم من ژنژل۔

وزیر امال:- کتھہ پیٹھ۔ دربارٕچ چھو کانہہ فکر۔

دانا وزیر:- نہ۔

وزیر امال:- تیٚلہ۔

دانا وزیر:- اکہ رازہ پیٚیہ وٕنہ پیٹھ رازدانہٕ دالس۔

وزیر امال:- اَدٕ یہ کوسہٕ فکرٕ۔ تۄہہ۔ وسہٕ شانہٕ پیٹھ بدٕ۔

دانا وزیر:- تہٕ فکرٕ چھُم بور گژھہ نہ گوٚبُن۔

وزیر امال:- کیازِ؟ خزانس چھا کینہہ چھُو نیٚومُت؟

دانا وزیر:- نہ تمہ چھُہ کانٛی برژر گومُت۔

وزیر امال:- اَدٕ۔ فساد۔ جنگ۔ تناز یا لڑاے چھا ووتھن واجِبہٕ۔

دانا وزیر:- نہ۔ یژھہ طرفہٕ چھُے شانتی۔

وزیر امال:- تیٚلہٕ کوسہٕ شنکا تہٕ فکر۔

دانا وزیر:- مےٚ چھُنہٕ پانس فکرٕ تراَن۔

وزیر امال:- یہ گیہٕ ہٹہٕ میٹھ فکرٕ۔ ترٛاٚوِو۔ ڈلو کرِو آرام۔ نیٚندرِ نہ چھُہ زندن نہٕ زانِہن۔

(پلنگس کُن یوان بیٚہان)

دانا وٗزیر :- آ- وَق آو ژیر مگر مےٚ چھےٚ نیٚہہ نہ نیٚنٛدر گژھٛر-

وزیراماِل :- تژ آوِد میانہِ کھوءنہِ مٔنز کلہٕ-

دانا وزیر :- نہٕ ژٕ کرٚ آرام- بٔہ کرٕ سوٗچ- مےٚ چھُ ژہٕ ہتھ بیٚ قرار-

وزیراماِل :- کمتھ پیٹھ؟

دانا وٗزیر :- باسان چھُم میٚانٛز وفاداری ما کھسہِ کہوٗچھر-

وزیراماِل :- تُہنٛدیو شترو چھا راژس نِش کانٛہہ شِکایتھ کٔرمٕژ-

دانا وٗزیر :- نہٕ-

وزیراماِل :- کانٛہہ اَتُر؟

دانا وزیر :- نہ

وزیراماِل :- کانٛہہ ژوءے یا سازِش؟

دانا وزیر :- بِلکُل نہٕ

وزیراماِل :- تیٚلہِ کمتھ پیٹھ تُہۍ، ٹلی پریشان- کارُن؟

دانا وزیر :- تِمۍ پاٹھی نہ چھُم باوُن تِگان نہ زانُن- مگر شک چھم گَنان- تہ
یہ شک چھُم ریٚہبہِ- ہُندک پاٹھی اَندری تچھُن تُلان-

وزیراماِل :- مُشراوِد- وٗدِ تژ آوِد کلہٕ- کٔرِو آرام-

دانا وزیر :- آ- ہا- اِل-

(کوشش کران کہِ پلنگس پیٹھ تژاد نیٚج- طلبس پیٹھ دوتیلان تال)

دانا وٗزیر :- (ستھوٗد گژھان وُنِتھ) نیٚشہری چھُ یکُن گژھان-

وزیرامال :- ( نرِ دانا وزیرس نالی ترٛاوان ) ۔ ٹلی شک ۔ ڈلو شونگو ۔ وق آو ۔

دانا وزیر :- نہ کانٛہہ آسہِ نادس آمُت ۔

وزیرامال :- نہ کانٛہہ چھُنہٕ ۔ وُنی کیٛنس کُس پیہ ؟

دانا وزیر :- ٹھٔہر ۔ بہٕ تٔرۍ برہ ۔ نظر دِمہٕ ۔

(دوہ نفان کورسس بٔر دِتھہ کُن گرٛھان ۔ کورس گرٛھان دون حِصَن منٛز ۔ منٛزس بنان جاے ۔ زنتہٕ چھٔنے برس سۆتھ جلسہ)

وزیرامال :- پیہ آسہِ کانٛہہ رأچھ راوُک ۔ نتہٕ مٔیأنی کانٛہہ ژوٗر ۔

(برس پیٹھہ پوان اکھ انیر بیتر ہیتھ زنتہٕ ڈیڈی وان ۔ دانا وزیر اُمس کُن بُتھ تہٕ تھٔر لوکُن کُن)

ڈیڈی وان :- ماہرا ، کھما کرِو ۔ بہٕ چھُس پیہ شیٚچھ باونہٕ آمُت زِ ڈیڈر تل چھ زِ تپسی جوان تپہٕ ؤنہٕ پیٹھہٕ آمتی ۔ تم چھ توہہ سمکھن یژھان وُنی ۔

وزیرامال :- کُس چھُ ؟

دانا وزیر :- پیہ چھُ ڈیڈی وان ۔ ژہٕ اُنکھ تم یزتہٕ سان تہٕ بیٚہنا وُکھ بیٹھکہِ منٛز ۔ گاشِس تھاوِی زِ ناأیتہ ۔

ڈیڈی وان :- اگنیا ماہرا ، انۆ باکل

دانا وزیر :- ( دۆپت پھیرتھ ) زہٕ تپسی جوان ! تپہٕ ؤنہٕ پیٹھہٕ آمتی ۔ ضرور چھُنے کانٛہہ رازٕچ کتھ ۔

وزیرامال :- کیا دلیل ۔ کم چھ ۔

دانا وزیر :- کم تام تپسی چھ سمکھن یژھان ۔

وزیرِ مال :۔ وُنۍ کھِن۔ اَڈراتَن۔

دانا وُزیر :۔ آسِکھ کیتھہ مجبوری۔

وزیرِ مال :۔ (نِراش) اوٗتھہ! اُتھ راز کارس نمسکار۔

(تِرکھ سان، لرِ پھیرن دِتھ شوٗنگان۔ تھر لگن گوٗن)

(اکورسہ منٛز ژٕ اکھ ہَرِ د ہیتھ یوان۔ تِم چھہ پلنگس بیٛتھ ژٕلان۔
بیٛتِتھ ڈیڈری وان آیو، تیارِ۔ اَدارنگ نہ سَدارنگ پٕروٗلش کران)

ادارنگ تہٕ سَدارنگ :۔ نمسکار! سون اُسی تہٕ ماہرا پادِ پرنام۔

دانا وُزیر :۔ پرنام! اَتھہ کم چھو؟

اَدارنگ :۔ اُسی ماہرا!

سَدارنگ :۔ اُسی مہراِ چھہ تِپس۔

دانا وُزیر :۔ تۄہہ کیاہ گرِتھ۔ کَتہٕ پیٛٹھٕ آو۔

اَدارنگ :۔ ماہرا! تپسی کَتہٕ پیٛٹھٕ ین۔

سَدارنگ :۔ اُسی آیہ وَنہٕ۔

دانا وُزیر :۔ کیاہ گرِھو؟

اَدارنگ :۔ اُسی ماہرا چھہٕ منگنہٕ آمتۍ۔ بلکہٕ۔

دانا وُزیر :۔ بلکہٕ کیاہ؟

سَدارنگ :۔ وَنہٕ پیٛٹھٕ آمتۍ وَننہٕ۔

دانا وزیر :۔ دُنۍ کیاہ چھُو وَنُن۔

اَدارنگ :۔ تۄہے وَلُس۔

سدارنگ :۔ نہ ژِ سے وَلُس۔

دانا وُزیر :۔ بے خوف پانٹھ وَنِو۔ نِصف راتَن تُہنٛدِ یور پنک کارَن۔

اُدارنگ :۔ اَسِہ ماہرا دِیت وَلَس مَنٛز اَکِس واسُس داہ۔

سدارنگ :۔ تِمَن پیٹھ ماہرا چُھہ گومُت پِراہ۔

اُدارنگ :۔ مَنَس مَنٛز ماہرا وو تِلے پہ شرکاہ۔

سدارنگ :۔ تو ہیہ نَش پنٛچ کُر سکھراہ۔

اُدارنگ :۔ پیٹھِ اوس کیاہ نام تہٕ بدلوو رکھاہ۔

سدارنگ :۔ بنے پہ تپسی تہٕ ترووکھ کھاہ۔

اُدارنگ :۔ سنتوش تھاوِو پوٚد پرٛزنوو گنتھاہ۔

سدارنگ :۔ مَنَس بِنہٕ ماہرا لگو تھوو کھاہ۔

دانا وزیر :۔ (شرارتہٕ سان) توٚہی کم مسخرٕ چھو۔ تہٕ ہیہ چھا خبر زِ ہُکس ترونچھِ گنہٕ چھو۔ اَڈِ لاٹن آیہٕ تُہی میٹانِس گرس مَنٛز۔ صاف صاف وَنِو کیاہ چھو باوُن۔

اُدارنگ :۔ اے دانا وُزیر! ہنٛزِ کنہٕ پرٛزناوِنہٕ ژِ سے۔

سدارنگ :۔ وو وُنِ کیاہ چارِ چھ پوز وَنہٕ نَس۔

اُدارنگ :۔ اَسی نہٕ چھ گنتھایہ واوگنٛدن گرٕ ی۔ بہٕ ادا رنگ تہٕ یہ۔

سدارنگ :۔ سدارنگ۔

دانا وزیر :۔ یہ تپسی رکھ کیا زِ چھو لوگمُت؟

اُدارنگ :۔ تو ہیہٕ نِش واتنہٕ موکھ۔

داناوُزیر :- کارُن ؟

سدارنگ :- اکھ راز زانُن۔

داناوُزیر :- کُس راز ؟

ادارنگ :- ژٕ وَنُس۔

سدارنگ :- نہ ژٕے وَنُس۔

داناوُزیر :- وَنان کونہٕ چھوٕ ؟

اَدارنگ :- اَسہِ چھُ پیٚڑ ژٕھن۔

داناوزیر :- کیا ؟

سَدارنگ :- رازٕ دِکرم چھا برابر کاڈلو کیٚنہٕ بادرٕ گوٚمُت ؟

داناوُزیر :- (غوصہ) کیٚاہ ؟

ادارنگ :- ماہرا کھیما کرُو۔ اُمس توٚگ نہٕ وَنُن۔

سَدارنگ :- آ۔ ماہرا کھیما کرِو۔ شایَد توٚگ نہٕ وَنُن۔

اَدارنگ :- دَراصل چھےٚ کینہہ زِرازَس اَدس پنُن نوکر سنٛجے داس سوٚرگواس گوٚمت تہٕ پتہٕ ڈیت اَسہِ تمِس داہہ۔ اَماپوٚز۔

داناوُزیر :- کیٚاہ اَماپوٚز۔

سَدارنگ :- رازٕ اَدس اولہٕ دولہٕ بولان۔

داناوُزیر :- (بامبران) کیٚاہ۔ کیٚاہ ادس وَنان۔ کیاُ اوس وَنان ؟

اَدارنگ :- بےٚ بادرٕ کینہہ ہشہٕ۔

داناوُزیر :- توہہِ کینہہ گٔے توٚرِ فِکرِ ؟

سَدارنگ :۔ تُہۍ اوس گرٲونان پانَس میۆن راز تہٕ گرٲمیۆن نوکر سنجے داس۔

اَدارنگ :۔ اُسی گیہ اوَے شَنٛکایہ زِ راز ماچھ باوِتھ گومُت۔

سَدارنگ :۔ سنجے داس اوس تمن ٹوکھ نوکر۔

اَدارنگ :۔ تمۍ ہَنٛدِ مرنٕ، اوس تمن سیٹھا صدمہ۔

دانا وزیر :۔ سنجے داسُن شوٗکۍ زول۔

سَدارنگ تہٕ اَدارنگ :۔ ماہرا! اَسہِ تہٕ راژن۔

دانا وزیر :۔ مہاراج وِکرمن چھُنہٕ اَزتام کانٛسہِ داہ دِیُتمُت۔

اَدارنگ :۔ ماہرا اَمہِ سود تمن۔

دانا وزیر :۔ تہٕ تِتھہِ آہ ماوضہ دِنہٕ۔

سَدارنگ :۔ آہن مارا۔ یہ وٲنِتھ۔

دانا وزیر :۔ راز وِکرم سنٛز سۆتھہٕ پیٹھنہٕ مۆہرٕ۔ راز مۆہر۔ یُس یہ کانٛسہِ تہٕ دِیہ۔ یِہے آیا تِتھہِ ماوضہٕ رنٛگہٕ دِنہٕ۔ آسہ ژِ چھُہ۔ یہ وٲنِتھ دِلو لیُدی۔ یہ چھِیُٹ راز مۆہر۔

اَدارنگ :۔ یہ چھا راز مۆہر!

سَدارنگ :۔ ماہرا! اَزِ۔ نتہٕ دُچھ کانٛسہِ ژُدُر ہانٛژ رُنہ رُٹھ۔

دانا وزیر :۔ دِلو یُدری۔ تُہہِ یہ اَمہِ بدلہٕ بلبیہٕ کیٛنٛہہ بخش۔

سَدارنگ :۔ پیٹھہ ماہرا تِہُنز بُجھا آسہِ۔

دانا وزیر :۔ سنجے داسنہٕ مرنُک کانٛہہ ماچھہ پتاہ۔

سَدارنگ :۔ اَمہِ پیٹھہ راز ... تہٕ وۆن ژِ اَکس طوطس ... بچاوِتھ

تیر نہٕ سُہ مۆد۔

دانا وزیر:۔ اَکِس طوطس آو شِکارِ سُنٛد تیر تہٕ سُہ مۆد۔ طوطہٕ۔ طوطہٕ۔

سدا رنگ:۔ دۆیمِس طوطس گیہٕ جور جُبد آے یہِ تہٕ سنجے داسِن بردانش کور۔

ادا رنگ:۔ تہٕ تس گو ھدمہٕ تہٕ تمۍ ترٲوی پران۔

دانا وزیر:۔ ہُنہہ! سنجے داسَس اوس نہٕ یُوت اوٚکُل وِل۔ اَڈ کابر۔ ماہرہٕ چھُ شک سُہ آدر۔ طوطہٕ رۆپ۔

سدا رنگ:۔ ماہرا آسہِ چھُو کینہہ بہ ژُھان۔

دانا وزیر:۔ نہٕ نہٕ۔ بہٕ گوسس ذرا غوطن، ژہیتہٕ ہیوٕہ دیتُم۔ طوطہٕ!

ادا رنگ:۔ آسہِ ماہرا اچھا دوٕنی نیرنگ اجازت۔

دانا وزیر:۔ ہرگز نہٕ۔ تُہی دوٕشوے رۆزِو میانی پٔرِ ھو توتام، یوتام نہٕ توہہ سکاشہہ کام ہیہِ ساشپنہٕ۔ ہے ڈیڈِ وان۔

ڈیڈِ وان:۔ آگنیا ماہرا۔

دانا وزیر:۔ یم دوٕشوے تیسی چھ میانی پٔرھو۔ یم گرٕھن نہٕ میانہِ اجازتہٕ ورأے نیبرٕ نیرنی۔ یمن گرِٕھ پزِتہٕ سان خاطر داری کرنی۔ (ادا رنگ تہٕ سدا رنگس کُن) تُہُنٛد گرِٕھ نہٕ پٔنن رکھ بدلاوُن۔ تُہُنٛدِ یور پننگ وجہ تہٕ گرِٕھ نہٕ کانٛسہِ نَنُن۔

ادا رنگ:۔ یُتھ ماہرا آسہِ حکُم آسہِ۔ نمسکار۔

سدا رنگ:۔ نمسکار۔

دانا وزیر:۔ نمسکار۔

پَردٕ ہیتھ زٕژٕ وٕہٕنی سٹیجس ژٕ حِصہٕ کران۔ دانا وُزیر یوان
پلنگس کُن ژٔنتہٕ شوٗنگنہٕ۔ واہ وارِلس پیٹھ گاش سوٗتان)

ادارنگ :۔ سدارنگو!

سدارنگ :۔ ونو بابا ادارنگو!!

ادارنگ :۔ اسی ما آیہ ہلنہٕ۔؟

سدارنگ :۔ بدرنگس۔ ییتہٕ چھا ساری ہلسرے مِتی کینہ کانہہ چھُہ ہُشار۔
کرتہٕ راژٕ گرس منز آرام۔ ژٕکہٕ تلہٕ بانڈی وان۔ بتہٕ کھین چن دُفرٕ۔

ادارنگ :۔ خبر کمنہٕ کارس لاگن۔

سدارنگ :۔ پُشر دلیس۔

ادارنگ :۔ وُنیوٗ نا یور یموٗنہٕ۔

سدارنگ :۔ اسہٕ نہٕ کیاہ۔ وُچھو کیاہ سپدِ۔ تامنتھ اَنناوتہٕ راژٕ گروک
مَس گڈا نیتہٕ چلیتھ یُتھ صُبحی نیٚنڈرٕ رکھسہٕ۔

ادارنگ :۔ واہ! واہ!! ہے داسو۔ نوکرو بوزو۔
(کورسہٕ منز نوکر یوان ڈُلاڈُلی برونٹھہ کُن۔

سدارنگ :۔ تہٕ ہر چھُہ دانا وُزیرن حکم دیتمُت۔

ادارنگ :۔ اسہٕ خاطر داری کرِنی۔
(کورس کران گلہٕ سیتی آنکار)

سدارنگ :۔ ادارنگس سدارنگس۔

ادارنگ :۔ مس موٗدُر چادِ ونا؟

(داس زنتہٕ تمن کھاسی کھوان بڑوٹھہ کنہٕ تہٕ پتہٕ گڈٕ
منز ہُس پھران)۔

سدارنگ:۔ (زنتہٕ ہس ہیتھ) یتھ رازٕ گرس سوّن بہ جرس۔

ادارنگ:۔ اُس موّدرادِنا۔

سدارنگ:۔ (زنتہٕ لشس منز) پڑھو پوزٕ ابٹ چھنے پوزا۔

ادارنگ:۔ اَسہ چھوٕ دادونا۔

دوشوے:۔ واہ! واہ!! واہ!!!

وار وار گاشس سوتان تہٕ سورُے کورس پوٹ ستیجس
کُن پوان گُموان تہٕ نڑان مُوسیقار تہٕ تمن ستی گپوان)

کورس

اُسی ہیٔے مُبارکس آے — لاٗ لاٗ رازٕ بأیاے
شادِ مبارکس آے — لاٗ لاٗ رازٕ بأیاے
راتہٕ دِکرم والپس اوے — زنتہٕ ماجہِ نژوٕ زوے
سواگتس ساری دڑاے — لاٗ لاٗ رازٕ بأیاے
تیو بَل ہیتھ والپس اوے — جولین برتنے ڈالیے
باگر باگر مأے — لاٗ لاٗ رازٕ بأیاے
دتے بَل ہیتھ والپس اوے — برنین دِھتی تژاد تاریے
حاجتھ منڈن کاسی ثیاے — لاٗ لاٗ رازٕ بأیاے

(گبونَس تہٕ ژٔرلَس سیٖتۍ گاش سوٚتان تہٕ پیٚتہٕ دارٕ دارٕ بٔنیہٕ تیزان۔ سوٗرے کورٕس تھٔر کٔرتھ لوٗکَن کُن ہیٚور سیٚٹھس پیٚٹھ۔ اُڈۍ وہ ڈٕنی تہٕ اُڈۍ بِہِتھ زٔنتہٕ اکہٕ جوٚلوٗسک انتظار کران۔ کورسہٕ تہٕ نبہٕ اَنجہٕ (۲۷۲) مٔنزٕ راہٕ سٕنٛزٕ یاترا اکہٕ ڈٕنگہٕ مٔنزٕ اَژان تہٕ بٔلیہٕ ڈٕنگہٕ مٔنزٕ نیران۔ وزیا مال۔ داسہٕ گچھہٕ، ژہ ٹٕنزٕ، اَدا ئرنگ، اسمارٔنگ بینٛزٕ تہٕ کورسَس سیٚتۍ یاترایہٕ پوٚشِ چھکان۔ دانا وٗزیٖر رازَس برٛونٛہہ برٛونٛہہ)

کورسس :۔

| | |
|---|---|
| پرٛنا پالک سرٕ آدھیٖ کار! | رازَس اُسن بجٕ بجٕ کار |
| رازَس اُسن بجٕ بجٕ کار | رازَس اُسن جٕ جٕ کار |

(ژُری نلد طبلہٕ ترٛنگ تہٕ کورسہٕ لیٚہٕ سیٚتۍ سیٚتۍ بجٕ بجٕ کار سوٚتان تہٕ یاترا ساٗرٕے نیٚبران۔ گاشس سوٚتان پیٚتہٕ دارٕ دارٕ بٔلیہٕ یوان۔ مہارٲنی آسان زٔنتہٕ آدمی قد اُنٛس برٛونٛہہ کنہٕ۔ کینٛہہ ژہ ٹٕنزٕ ڈٕیڈٕی وان بٔنتھ تہٕ اَمی وزِ اکھ داسی یوان)

داسی :۔ ماج ماتا! راج ماتا، ساٗنی راز دٔکرم آیہٕ بازارٕ واپس۔

مہارٲنی :۔ اچھا! تم چھا وارٕ سے، ٹھیک چھا؟ خوش چھا؟

داسی :۔ بلکل ٹھیک! بلکل تیٚہنز دان تہٕ اَسان۔

(داسی زٔنتہٕ تھٔزرٕ پیٚٹھہٕ بجن کُن نظر دِوان)

مہارانی :۔ ژتم ژایا راز مندورِ کینہ ڈُنہ چھ . . . . .

داسی بوٗن کُن نظر دِوان )

داسی :۔ تم چھ لوٗری۔ زنتہ ہرڈُنہ کُن پکان۔ تیز تیز قدم ترٲوان۔

مہارانی :۔ ( سیٹھا خوش گژھتھ ) آ۔ ہ! ساٲمی! توہہ چھ یاد ژِ تہٕ آسہ تراران پتہٕ ژھ ڈری یہ سیٹھ تم تیہ وتہ پیٹھ چھ پوان تم چھ گوڈٕ مے نش پوان۔

اوہ ـــــ میوٗن کوتاہ لول چھ تمن۔ کوتاہ سٔر یہہ۔

داسی :۔ راج ماتا! راج ماتا!!

مہارانی :۔ وَن۔ وَن داسی۔ ژتہٕ کیاز کرتھ ژھوہ یہ؟

داسی :۔ ( دوٚیمہ داسی ) راج ماتا! راز پھیرِ رژنگرِ محل اَنتہٕ پرکہٕ بہ ہیٹھ پوٚت کھوری واپس۔

مہارانی :۔ ( دوٚہ کڈتھ ) ہاں! کیاز۔ ( ژرکھ سان ) ٹھیک چھ دانا وزیرا ژہ ما چھکھ کانہہ چال گندان۔ کانہہ سازِش۔

داسی :۔ راج ماتا! یہ کیا چھو ونان۔

مہارانی :۔ ٹھیک چھس ونان۔ بہ کرہ تسُند کتھ پیٹھ پرژھ۔ بہ کینہہ کئی زرہ کوتاہ صبر کرہ۔ ساٲمی ین مے نش تہ بہ رودِنا تمن نش دوٗر۔

داسی :۔ راج ماتا! دانا وزیر اوس نہ تمن سیتی۔

مہارانی :۔ اَدِ کیازِ گیہ تم میانہ بر پیٹھ واپس۔

داسی :۔ تم آیہ بڈِ شوقہٕ سان برس تام۔ برس پیٹھ واتتھ ٹھہرے یہ۔ ہنا گوڈ کھ سوچ۔ پتہٕ پھیرِ پوٚت تہ دراہ یہ۔

مہارانی :- سینی کس اوسکھ ؟

داسی :- تم اُسی آنگن برس بیٹھ گنڈ تہ کیوٚل ۔

مہارانی :- واپس کوٚت درایہ ۔

داسی :- شاید راجہ دربار کُن ۔

مہارانی :- داسی اَتھ ئیہ وچھتھکھ راجہ ؟

داسی :- پینہ نوٚ اچھو سیتی ۔

مہارانی :- پرزناوِتھکھا ؟

داسی :- ماج ماتا اتھ کیازِ چھو پرژھان ۔ بہ پرزناون تا مگر پائکھ سانی وکرم ۔

مہارانی :- ٹھیک چھُ ۔ داسی یِوِ کرِو سکھ ۔ بہ تہ گژھہ دربار ژوٚرِ پاٹھی ۔ بہ تہ کرِ ہہ درشن دالِ پینجرو منزی پٔکِرِ ۔

(گاش سوٚتان ۔ سورے گورس ۔ موسیقار دسواتے یوٚن سٹیجس تہ ہیوٚر سٹیجس پیوان وہرا دیتہ ۔ اَڈِی ڈٔپدی وان ۔ پتھر داری ۔ داوجہ داری تہ اُڈِ ڈٔریہ بیتر بنان ۔ ساری سازس سیتی کار کران ۔ گاش دار دارِ پیوان تہ راجہ تہ دانا وزیر اندر اژان ۔ یہ ژوٚنہ اکھ پردہ ہیتھ بییہ رِنگہ منزی اژان تہ سٹیجس دوٚن حصن منز تقسیم کران ۔ مہارانی اژان تہ پردس دوٚیمہِ طرفہ بیہان چوکہ پیٹھ ۔ راجہ بیہان تختس پردہ تہ کینہ چوکہ پیٹھ ۔

راژہ :- دانا وزیرا! اسی آیہ تیہ ونہ پیٹھ واپس۔ وونی سنو اسی
ماجس کاجس۔

دانا وزیر:- مہاراج! اتھئن بڑھا!

راژہ :- پزٕ گوٚو نز سینچ داسنہٕ مرنہ ووت اسہٕ۔ اسہٕ پلنی مسّی سیٹھا صدمہٕ۔

دانا وزیر:- مہاراج سہٕ اوس تہنٛد وفادار نوکر تہٕ پایہٕ بڑھ اوس۔

راژہ :- یہٕ چھُس سُہ مشراوُن پزمان۔ خاطر نزاودیہ گیتھ۔ راج کاج چھا
ٹھیک پکان۔

دانا وزیر:- مہاراج۔ تُہی تھاوِو راج سِنگھاسنس پیٹھ تشریف ییتھ زن
پتہٕ کرہٕ راج کاجک حال بیان۔

(راژہ چوکہٕ پیٹھ کھوٚد وۅتھان تہٕ پتہٕ سِنگھاسنس پیٹھ بیہان)

راژہ :- آ۔ ٹھیک چھہٕ۔ وُچھہ اسی گیہٕ پانے یہ گوس راژٕ محل داخِل تیوت توٚتش
نِشی آو نہ پتہٕ دریتھ زِ یہ ژیوٚ ٹھس سنگھاسنس پیٹھ کینہ ییتھ
چوکہٕ پیٹھ بیہتھ۔ راژٕ یاد چھہ تھاوان۔

مہارانی:- داسی! اتا جب چھہ راژس مشر چھا۔ پتھر تبدیلی آمژ۔ یمو کیاہ
کوٚر یہ! یم کتھ بیٹھا! یاد چوکہٕ پیٹھ!!! داسی راژس ماچھہ مشرپھلارتومت

داسی:- نہٕ ماتا! گرہ واپس پینہٕ چہ خوشی مشر چھہ یم شاید زیادے
وولسنس آمتی۔

دانا وُزیر :۔ راز چھُو تُہہ تہٕ تُہی چھو پادٕ چوکہِ پیٹھ پاد تھوان۔

راز :۔ آ۔ آ۔ بےٚ چھُس تھوان۔ وَن راز وِکرَم سٕنٛز مشہوری چھا بجال۔

کانٛہہ بنےٚ اِنصافی ماسیدان کُنہِ تہٕ طرفہٕ۔

دانا وُزیر :۔ راژن۔ تہنٛدِس راز کالس مَنٛز ہیکہٕ نہٕ اَنیاے سپدِتھ۔

مہارانی :۔ داسی! ساٚمی کونہٕ میٚانی کانٛہہ کتھ کران۔

داسی :۔ فِکرٕ دور کرِو۔ یمَن آسہِ تہنٛزے کل سنتوش تھاوِد۔

دانا وُزیر :۔ مہاراج! یہ ترکش تہٕ تلوار دِیِو یوٚری۔ نیا یہ کُس سنگھاسنس

پیٹھ بہتھ چھُنہٕ یہ شوبان۔

راز :۔ اچھا! ہو۔ ہو۔ اَسہِ گو مُشتھے یہ ژٕ یے حوالہ کرُن۔ ژٕ نِو یہ تلوار،

ترکش تہٕ کمان ژٕ نِو۔

مہارانی :۔ ہائے ہائے۔ وِکرَم کیاژِ یہ کران۔ داسی! یمن ما چھےٚ سنگھاسنس

پیٹھ بیٚہنچ رِوایتھ مُشتھ گامٕژ۔

داسی :۔ راج ماتا! تُہی یہ بامبرِو۔ یہ چھےٚ شاید تھکاوٹ۔ آخر آیہ یم

ریٚتی واپس۔

(دانا وُزیر کران ژٕر تہٕ اَکھ وُزیر خالہِ کیتھ راز سُنٛد

تاج ہیتھ اژان)

دانا وُزیر :۔ راژن! تہنٛزِ غارِ حاضری مَنٛز چھُ تہنٛد یہ تاج کرالی راج۔

تُہی اُدِ تیٚہ وَنہٕ پیٚٹھٕ تہٕ سیوٗدٕے اٚدِ دَربار۔ توٚہہٕ ادس گوڈٕ یہ
تاج دِیُن کٔلس (یِکہٕ تھوٚد وُتھنہٕ تاج تُلان جَل جَل تہٕ دِوان
کٔلس پیٚتہٕ بیٚہان سیٚٹھا خوش گژھنہٕ تختس پیٚٹھ) آ۔ آ۔ ڈُلوٗ۔

دانا وزیر:۔ کیا؟

راز :۔ کیٚنہہ تہٕ۔

دانا وزیر:۔ اَز کیٚنہہ پیٚٹھ چھُ پھٹرا اُدِ توٚہہ راز مُریادا؟ کوٚلہٕ مُریادا؟

راز :۔ کوٚسہٕ مریادا؟

دانا وزیر:۔ راز دِکرم چھُ ڈُرِ لیٚس مَنز شیٚتھ رِہنہٕ تیٚہ وٚلس مَنز گُذاران تہٕ
اَز کیٚنہہ آوسہٕ یہ مُریادا پھٹرِنہٕ رٕیتی واپس۔

راز :۔ راز دِکرم! دِکر۔ رم۔ مریادا۔ مُریادا۔ ہا۔ ہا۔ ہا۔ اَسہٕ پھیور
سیٚٹھا (زَنتہٕ وَنُن چھ کوشِش کران) راز دِکرمس پھیور سیٚٹھا۔ صَدمہٕ
سَنجے داسَن دیُت اَسہٕ چھوٚہ کھ۔ اَسہٕ بَدلوو اِرادٕ۔ راز دِکرمَن بَدلوو
اِرادٕ تہٕ اَسی آیہٕ تیٚہ وَنہٕ پیٚٹھٕ واپس۔ واپس۔

مہارانی:۔ داسی! یم کرُتھ کیٚتھ۔ رازس مَنز کیازِ آیہ یژھ تبدیلی۔ میٚے
چھُ پھوٗر ڈیٚھو ڈکھی گژھان۔

داسی:۔ مانا۔ تُہی چھو بلی دُساس ہیلوان۔ راز چھُ ٹھیک پاٹھی۔

مہارانی:۔ شیٚیہ شیٚیہ رٕیتی گژھ واپس پیٚنہٕ وزِ اَسی نہٕ تیٚتھی آسان۔

دانا وزیر :- رازن ! مأنز نا میون ۔ تہٕ کرِو وَنس کُن جِکر۔ تِتہٕ چھہٕ سَرس
مَنٛز رٕتی رٕتی پمپوش پھُلی متی۔

راز :- واہ ! واہ ! تمہ چھا پھُلی متی۔ تمہ اوسہٕ سکھ یہٕ ژٕٹی ژٕٹی انان۔

دانا وزیر :- رازن ! تمہ اوس تُہنٛد داس بیٚنہٕ داسس ژٕمان۔

راز :- آ- آ- میانہٕ حُکمہٕ۔

دانا وزیر :- رازن ! نو ہر چھ تم سیٹھا ٹاکٹھی۔

مہارانی :- داسی ! یہ کیا ! اُسے راز ۔ سے شریر۔ تمے اُچھ سُنے پھولہ وُن ڈیکہٕ
سے انہار۔ مگر کیتھ بدلے۔ ہمِن کو نہٕ یاد زِ از کُس ریتہٕ چھُ۔ تمہ کیتہٕ گیہٕ
سَرس منٛز پمپوش۔

داسی :- راج ماتا۔ ژکو پننِس زنانگہٕ محلس کُن ۔ تُہہٕ چھُہٕ زُد ٹھیک۔ تُہہٕ
چھو بلُہ دَہِہ ہیوان۔ ژکو آرام کرِو۔

مہارانی :- داسی ! ژکھ۔ دانا وزیرن شکھ ہیوتُن میٛتہٕ گَژھُن۔

راز :- دانا وزیر ! ژکھ اَسی نیرَو رازِوَن کُن۔ باغ چھاونہٕ، سَرس
منٛز وُچھو کھ پمپوش۔

دانا وزیر :- ژکو رازن۔ ژکو۔

( راز ۔ دانا وزیر تہٕ باقے عملہٕ رازس پتہٕ پتہٕ نیران )

مہارانی :- بے گے سکھ مشتہٕ۔ میانی ناکاشہٕ کنھاہ !

داسی :۔ ماتا۔ ٹھکو۔ ٹھکو۔

(اگاش سعۃ نان تہٕ ساری نیران۔ نبہٕ ٹکہٕ پیٹھ گاش۔ راز تہٕ دانا وزیر
اکھ ژونگہٕ اژان تہٕ بیٹھ ژونگہٕ نیران۔ کورِسِس بنیہ اژان تہٕ پننہٕ
جایہ رٹان ہیور سٹیجس۔ ژونژ تہٕ داسی بہٕ رٹنگہٕ محلہٕ چھہٕ
کامہٕ کوچہ کران۔ مہارانی چھےٗ پلنگس پیٹھ بیہتھ۔ اکھ ژونژ
چھس گلس پکھش دوان ـــ باقے ڈنڈی وانی تہٕ واد جہٕ
کران بیترِ۔ گاش واد واد لوان)۔

داسی :۔ راج ماتا! دانا وزیر چھہٕ یژھان تہٕ ہرِ نش ین۔

مہارانی :۔ اچھا یز تہٕ سان انکھ لوری۔

دانا وزیر :۔ راز وکرم سُند پڑاکرم پوشن انہٕ وند۔ داسی! تھُو
ہیبکو نیر نتھ۔

(داسی بہٕ تہٕ ژونژ نیران۔ کورِس تھر کرٕتھ لوگن کُن)

مہارانی :۔ اے دانا وزیر! وَن راز کتہٕ چھہ، کتھی چھہ؟

دانا وزیر :۔ ماتا! راز چھہ سیٹھا خوش تہٕ توشان۔ مگر بہٕ چھس ڈھرمہ
سنگٹس منز آمت ہینہٕ۔

مہارانی :۔ کارن؟

دانا وزیر :۔ راز چھہٕ سے راز وکرم۔ ادے چھم نہٕ مَن پژان زِ سہ مانُن

پَنُن پوٗرُن رازٕ۔

مہارانی :۔ ژٕ کیاہ وَنان، ؟

داناوزیر:۔ ماتا! شُرِ پیٚتہ اَنہارٕ کٕنہِ رازٕ وِکرٕم تہٕ دٕلوٗہار، کَتھِ باتھِ تہٕ
اَتوارو کٕنہِ دوہ لٲسی۔ اَوپ۔ داسہٕ کڑٕ پہٕ گرٕن وول۔

مہارانی :۔ اے وزیر! چانی پرژھ چھیٚنہٕ میٚ فِکرِ تراں۔ میٚ چھیٚ زَن
وارِلیج راوان۔

داناوزیر:۔ ماتا! تُہی تھٲوِد ہِمت تہٕ سنتوش۔ میٚ چھُ بیٚیہ کیٚنہہ تہٕ
وَنُن۔ اَما پوز وَنِتھ چھُس نہٕ ہیکان۔

مہارانی:۔ وَن کیاہ چھُے وَنُن۔

داناوزیر:۔ ماتا! میٚ وُنیو رازس زٕ پوشہِ وارِ کُن نیرُن تہٕ سرس مَنٛز
وِچھِن پھُلیمتی پمپوش۔

مہارانی:۔ میٚ چھیٚ خبر۔ رازس رُود نہٕ یاد زِ اَز کُس رِتھ چھُ۔ تِم کتہٕ
گیہِ اَز کل پمپوش۔ یہٕ اُسس پانہٕ زانِلی پنجرد کٕنہِ وُچھان۔ اَدے
چھیٚ ژیٚپے شکہ تہٕ شنکا گنان۔

داناوزیر:۔ آ۔ ماتا۔ بیٚیہ ییلہِ پوشہِ وارِ ہِنٛدِس سرس کُن واتی۔ رازٕ کُماری
اُسس شرٕان کران۔

مہارانی:۔ اَدٕ!

داناوزیر:۔ راژس رۆد نہٕ پانس تام۔ تم گیہ تس نکھ سرس کُن۔ تس
تہٕ تسنزن وسن لوگ تھلہٕ تھلہٕ وُچھنہٕ۔

مہارانی:۔ یہ کوسہٕ کیتھ چھےٚ۔ مول وچھ نا ینہٕ کور ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

داناوزیر:۔ ماتا! وُچھنس نہٕ وُچھنس چھُنا فرق آسان۔

مہارانی:۔ (ہنا تیزی سان) ژ ۔۔ وُنُن کیا چھکھ یژھان۔

داناوزیر:۔ ماتا! تم آسی اَکس عاشق سُندی پاٹھی سارِنےٚ سوندرن سکُن
وُچھان تہٕ کرِلیشان۔ وُٹھ پھیشان۔ اکہ مول کرِ وار با ہراسہ جوان کور
کُن وُچھنس۔ بیٚیہ کتہٕ وچھ سُہ جوان کورہِ ہنز نمی تن۔

مہارانی:۔ (وِکھتان) پتہٕ۔

داناوزیر:۔ پتہٕ ماتا۔ نی ےٚ تم گولاب چمنس کُن یہ ڈیژ زور نہٕ گلوتھ۔

مہارانی:۔ ژہٕ چھکھ پوز ونان۔ یم چھنہٕ دِکرم سُندی اطوار۔ یم چھنہٕ تمی سندی اطوار۔

داناوزیر:۔ ماتا ہنا کتھا وِمنس منٛز شائنتی تہٕ بوزِو۔ یودوے مےٚ کینْہہ
خطا آسہٕ۔ یہ ترزا دِنی وزیری تہٕ نیرِ جنگل مگر راژ دِکرم سُند یژھ تہٕ
مان تراوِو نہٕ پنُن۔

مہارانی:۔ پتہٕ۔

داناوزیر:۔ راجکماری بیلہِ سرِ منز گھر سو آیہ یکہٕ راژس نش۔ سو چھےٚ
مٕرچھ تمہٕ کرِ راژس نمسکار تہٕ بجے گار۔ یتھ کُنی سو کران اُس۔ مگر۔

مہارانی: مگر کیا؟

داناوزیر: رازن یوٚر نہٕ تس لول تہٕ کنہٕ ہیتھ کنہٕ سہٕ تس بڑوٚشہہ بران اوس۔

مہارانی: ییٚژ کیٛا تبدیلی۔

داناوزیر: ماتا! سہٕ ہیوٚکھ تس مستس گنڈنہٕ۔ کنن گنڈنہٕ، شانن گنڈنہٕ، نوٚزکھ اَتھن تہٕ اَتہٕ ژنگن گنڈنہٕ۔

مہارانی: یمن مول ہیکہٕ نا پننس شُرس . . . . . .

داناوزیر: اکھ مول چھُنہٕ جوان کورِ سیتی ژھہ گنڈہٕ باشہٕ کران۔

مہارانی: داناوزیر! ژٕ نے چھیہٕ خبر ژہٕ کیٛا چھُکھ دپان۔

داناوزیر: ماتا! بہٕ وُچھم تی چھُس بادان۔

مہارانی: کیٛا؟

داناوزیر: رازہٕ سُند پننہٕ کورِ، راز کماریہٕ مالی ہندی پاٹھی نہٕ ٹلی کرِ عاشق ہندی پاٹھی وُچھن تہٕ کرِ یشان روزن۔

مہارانی: وزیر! ژھعہ پہ کر۔ وہٕنی کر ژھعہ پہٕ۔ اکھ ماج ہیکہٕ نہٕ یہ ہرگز بوزِتھ تہٕ وُچھتھ۔

داناوزیر: رازہٕ کمارہٕ ہنزن وسن بیوٚڈ کنہٕ دوٚرن ہٹہٕ پھلین تہٕ وانگن گنڈنہٕ۔ یپہٕ رازہٕ دکرم سندس ژر بترس منز وُچھتے چھُہ۔

مہارانی: (جیبرِتھ) اوہو! کوتاہ صبر کرہٕ ژٕ ون اسہٕ کیٛا پزِ کرُن۔

دانا وزیر: ماتا۔ یہ ہیکہٕ مشوٗرٕ دِتھ۔ مگر کرِو تُہی تہٕ؟

مہارانی: وَن پننُ لول تہٕ کول رٕچھنہٕ باپتھ کرِ بہٕ زُو تام فِدا۔

دانا وزیر: ماتا! راز ین توہہِ لش تہٕ توہہ پزِ تمن لش ـ دکھ ربوزن۔
ہراسہٕ کرُن۔ اُکس رٹس فاقہٕ تہٕ ماس دُرنگ بہانہٕ کرُن۔

مہارانی: اَکِنَن تھَیِو دِتھ، اد۔ کوتاہ مُشکِل، کوتاہ کٹھِن۔ میانہٕ دَیہٕ پہ
کُس اِمتحان چُھکھ کران۔ وُزیر چانہٕ پزٕ چھِم نہٕ فکرِ تران۔ دانا وُزیر!
وَنَن مَنٛز چھِنے اُلایہ بُلایہ روزان۔ راژس ما چھُم نظر لگِ یٕژ ژھاے؟

دانا وزیر: ماتا تہٕ ہیکہٕ اُسِتھ۔

مہارانی: ژٕ ہیکھ ناکاشہِ پایا وہ پایا کرِتھ۔

دانا وزیر: توٗے ماتا چھُس اَکِہ رِتِچ موہلت مَنگان۔ تُہہ تہٕ کرِو سنتوش۔
دُچھو پزٕر تُہنز راوٕ۔ سورُے اُتنز راوٕ۔ سورُے زَگ تہٕ پرٛدن گڈ
نوٗن۔ تیلہٕ یِیلہٕ تُہی کرِو سہایتا۔

مہارانی: مُشکِل! کوتاہ کٹھِن۔ کوہ سہ سارِ ٹُستی آیہ۔

دانا وزیر: راز دِکرم سنٛز مہارانی اُمبیکا دلِ پہ پیٹھ پہ کرِ ڈھ تہٕ
مُشکِل دِستراوُن۔

مہارانی: ٹھیک چھُ! یہ بنہٕ دلہٕ ڈر۔ یہ ڈرِ لوٗرِ اَکھ ماس۔ راژس نش
تہٕ روزِ دور۔ مگر یہ ژُنو توہہ کیا تبدیلی چھِنے راژس مَنٛز دریٹھ

یوان۔

دانا وُزیر:۔ مےٚ کوٚر گوڈٕے عرض زِ راز سٕند اُنہار چُھ سُے مگر سنسکار چھینہٕ راز سٕندی۔ کینژہ پھیری تِمے۔ گاٹٕھ کم۔ دٔریشٹی بٔدل۔ ضوٚر دار چُھ تیہٕ دٕلس مٔنز کانٛہہ اٲثر سپدِ مُت۔ یا کانٛہہ وِہی۔ لیُس نوٚن گژھہ تیٚرن۔

(داسی اژان پکہٕ اندر)

داسی:۔ راج ماتا! مہاراج وِکرم چُھ یوٚری تشریف اَنان۔

مہارانی:۔ اچھا! تِمن کرِو آدر تہٕ ستکار۔

(داسی نیوٚت پھیران تہٕ پتہٕ رازس اَندر اَنان)

داسی:۔ رازٕ وِکرمس آسن جے جے کار

(راز اژان)

دانا وزیر:۔ رازس آسن سون نمسکار۔

مہارانی:۔ یادِ پٔرنام۔

راز:۔ راج . . . . . مہارانی (برونٛہہ کُن پکان) مےٚ روٗزٕ شےٚ زِ تُہی کرِو نرِ آلوتھ سون یانے رازٕ وِکرم سٕند سواگت۔

مہارانی:۔ رازٕ وِکرمس آسن جے جے کار۔ مہاراج۔ مےٚ چُھ اَزی کہٕ پیٹھٕ برٛہمن ہٕندِ دَنہٕ رازٕ گرگہٕ کلیانہٕ موکھہٕ پوٚرِ اکھ ماس وَرت دَرنک فٲصلہٕ کوٚرمُت۔

راز :- ماس ڈرنک فاصلہٕ! کارن ؟

دانا وٚزیر :- راژن تھٕنٛدی شرپرسو کٔھ تہٕ صیٖحتہٕ مو کٔھ چھُ یمن یہٕ ماس ڈرن پیوان۔

راز :- شرپرمو کٔھ! مگر اکھ ماس کیاز؟ اکھ دوہ یا ریتس منز اکھ دوہ اوس ناسیٹھاہ؟

مہارٛانی :- یہ چھُ کوٚلہٕ برٛہمنن ہُنٛد دوٚپ۔ تہٕ یہ پٔزٕ پالُن۔

راز :- ضوٗرٕ۔ کوٚلہٕ برٛہمنن ہٕنز یژھا گژھہ پوٗرٕ سپدٕنی۔

(دہوان نیرُن)

مہارٛانی :- (پتہٕ پتہٕ) وِکرم! چاٗنی تپہٕ ؤنٛج یاترا گژھہ روٗز۔

راز :- تپہٕ ؤنٛج یاترا۔ بڈٕ میٹھ۔ بلکُل ٹھیک۔

مہارٛانی :- سنٛجے داسس کیاہ سپُد؟

راز :- کیاہ سپدس۔ کیا سپدُس۔ صدمہٕ گوس تہٕ گوٚس و رگہٕ واس۔ راژن ڈیٛتُس پانہٕ داہ مٕٹے ڈیُتُس داہ۔

مہارٛانی :- بچور سنٛجے داس۔

راز :- کیاہ مٕٹے وٕنٛو کیٛتھہٕ؟

دانا وٚزیر :- نہٕ مہاراج۔ یمو کوٚر تٕنٛدِس مرنس پیٹھ دوہ کھٔہ اِظہار۔

مہارٛانی :- (برٛونٛہہ کُن گژھِتھ) وِکرم! ژٕ نے کیا یہے تھٔرتھٔرہش۔ پٔژ ہے چھا؟

راز:۔ کتہٕ چھم ٹھرٹھر۔ بہٕ کیا کھوژان چھس کاںسہٕ۔

داناوزیر:۔ مےٚ چھا اجازتھ نیرنک ماتا۔

مہارانی:۔ وِکرم! ژٕ کوٚنہٕ یتھ آسنس پیٹھ بیٹھان۔ وزیر تہِ ہیکو نیرِتھ۔ ورت دریٚنچ ساںگری گژھہ ساٹھرے داہنہِ یوٚری۔

داناوزیر:۔ ماتا! سوٗرے داتہٕ یوٚری۔ نمسکار!

(ہیوان نیرُن)

راز:۔ ٹھہرِ و بترٕ نیرہٕ تہِ ہیتو۔

مہارانی:۔ وِکرم! یپٹھ کیا جلدی۔

راز:۔ بیٚیہٕ ساتہٕ یمہٕ۔

(راز تہٕ دانا وزیر نیران)

داسی:۔ رازس اُسن تھدُن پلے۔

مہارانی:۔ یپٹھ تبدیلی کینہٕ آہنکار۔ وِکرم اوس تپہٕ وُنہٕ پیٹھ یوان تہٕ ہکہٕ میٚیانس یتھ رنگہٕ گمٹھس منزِ یوان۔ نرِ آوتھ مےٚ کومہٕ رٹان۔ اَسہٕ وُنہٕ ہو بنجرٕ لول بران تہٕ آلو کران۔ "اُمبھکا اُمبھکا" وُنی وُنی مایہٕ موٚجبتک وَرشُن کران ۔۔ تہٕ اَز ۔۔ اَز ووٚن یمو مےٚ گوڈٕ ۔۔ راج ۔۔ تہٕ پتہٕ مہارانی۔ میانہٕ دَیہٕ یہٕ چھا وِکرم۔ میوٗن وِکرم کینہٕ بیٚیہٕ کانہہ۔ میانہٕ دَیہٕ وِکرمس ما چھُم ژٕ بتہٕ بھرم گومُت۔

اُمس ماچھم پژون سورے مۆٹھمُت ۔ داناوُزیرِ سُند وَنُن ما
چھُ پۆز ۔ یہِ ماوِکرم سِندِس شرٕپرِس مُنز بێیہ کانٛہہ ۔ بێیہ کانٛہہ ۔
راکھشُس ، جن یا ڈائن ۔ ولے ۔ مێنٛے کیاز ہێوتن گیوٗرین ۔ گیوٗر
یُن ۔ داسی ۔ داسی ۔ مێنٛے کرٕ کتھِچھ ۔

(مہارانی یوان لاینہٕ داسی ہنٛزِ کھوہٕ مُنز ۔ دۆیمہ
ژوہنزِ تمِس سنٛبالان ۔ گاش وارٕ وارٕ سۆتان ۔ پتہٕ سۆت
سۆت پھوان ۔ کورس برٕدٕنہہ سٹیجس پیٹھ سمان تہٕ گیوان)

## کورس

سوہنہٕ سِنٛز روٗسی کُٹھ ، وَقتک ما رٕ پھیچ !
ژھلہٕ راوان تنٛبلاوان سیدِن تہٕ سادَن
کائنسہٕ نہٕ اَنٛدازٕ عقلس تہٕ ہوشس
یوگہٕ دِرشتی کرٕمِژ یوٗگہٕ مایا یہٕ موہچھ مُنز بنٛد
برٕم برٕم چوکن ڈیتھمُت سارِنے برٕم
کُس اَکھ چھُن تھۆومُت دَرمہٕ کرمہٕ چہ وَتہٕ
ژھوپہٕ گیہٕ سمیس ییلہٕ اَز ڈلیشان
اَدل بَدَل گرٕھان رِتُن تہٕ رِسمَن

مۆلن لگان دزاتی مرِ یاوان !

بداخلاقی بنان ناماوارۍ ہنٛد تاج

مرٛزٕ پپینہٕ ہنٛدۍ گنٛتہ کران تم ساری

یم یژھان دِتی بھکیچہ اِقتدارس

سمیہ کس تھدس بلس راجہ بلس

اَوے چھپےٚ لجمٕژ مانہٕ مان دَوٕ دَو

دنہٕ دولژ ہنز تشدلہ تہٕ منزلہ کھارلن آکاشس

بارن طوطن کاوَن رازٕ ہونٛزن

گومت گنےٚ ہشر تہٕ زاگہٕ بہتھ گرٛد

کالہٕ گرٛد جونٛٹہٕ دِتھ یتھ بڑکہٕ سارنے

ٹاکارہٕ ڈلِشتہ ژھاے پھٹن ہنز

ڈمٹس نہٕ گرژھان ریوٚنز لوبہ متین

موہ متین، مدٕ متین تہٕ اہنکارن

تہٕ شوٚد بوٚد منوش ساد منوش

نیشہٕ بوٚد منوش، پزرس لور منوش

گاڑلی گیاُنی، بیٚیہ زانن والی

ژھبیچہ دِتھ ژاہتی چلن اُندر

زیو ہتوچھمڑ شُشہ نارین نہ دم
کڑکھ دِلس سوّمب نہ کانشہ شتھہ
تہ تم یمن مڑھ بل ہتھ یار تہ طاقتھ
دِل ہُشیاری، تجربہ کاری گوݨ داُنی تہ درلیشٹی
یہ طوفان ڈلیشتھ لاگتھ اُچھن پٹ
زنتہ بنے ہتی سیکہ صحراون ہندی شتُرمُرغ
سیکہ صحراون ہندی شتُرمُرغ . سیکہ صحراون ہندی شتُرمُرغ
(ایوُدوے پیش کاریٹرہ شُہ ہیکہ ہیرمہ کورسہ بدل
یہ لیہ بند کورس گیوناوِتھ)

سعہ نہ ہشنر رہوسی کٹ وقتنک مار پیچ
ژعلہ راوان سیوّد ساد منوش
یے چھُنہ کانسے حس چھُنہ بِلکُل
یوگہ درشٹی یوگہ مایا یہ نر تُل
بڑم بڑم چوکن بڑمہ راوی ساری
دَعرمہ چہ کرمہ چہ وتہ پیٹھ کنس اکھ
سمیس ژعہ یہ گییہ جشمو ڈلشتھ

ویژن رَسمن ٹھوٗس چھُ ٹوٗگمُت
موٗلن ٹَکہ مُرِ یادَن لگہٕ وُن
بَدکاری ستھوٗو تاج کلَس پیٹھ

مَرژہٕ پلپنہٕ ہندی گیتہ دِلن ساُری
ہنگ واُری مۄچہِ مَنز تھاوان بَند
راجہِ بَلَس کوم زانھہ ما تژاون
گُرٕسی ہُند سٔریہہ اَند وَند چھاون

دَوٕ دَو ساُہے گُرسی باپَتھ
دَنہٕ دَولَتھ سَرتازٕ عَلامَتھ
بَجرٕچ تھزرٕچ نیتھٕ نُنی باوَتھ!

ہارِ ژَربن قُمرِین کوٗستوٗرِین!
گیَنڈٕ گاٹژ چَھکھ زاگہٕ بہتھ گرژَد
جوٗنٹُس پرٕاران توٗنتہِ چھُ پَکھش دِتھ
پانژاُلی کاوس کمُ ہُند پَرواہ

لوٗہہٕ مَتین چھَتہٕ ریشنزِ ڈَمَٹس
ہُہر مُتی لوٗبُن مُہہ اَند کارَن
شوٗدی لوٗدی سادٕ تہٕ سیدی لگھ دَم پُھٹی

## گاٹلۍ، گیتانۍ پزرکۍ عاشق

ژھیپہ ہینہ لرِ دِتھ بیٹھ گو پھن منز
زلو ہُو چھم شُشتی ناری شرو کے میتی
کژکھ دِنۍ سۆمب چھُنہٕ کاتُنہِ تہٕ طاقتھ

اَتھ طوٗفانس ییر گو سورُے
تجرُبہٕ کاری پھیش چھُ لوٗگمُت
گوہٕ وانن چھُنہٕ کانہہ اَکھ ماران

گُنڈہٕ ہڑ پٹ چھیٚ اُچھن بلہٕ دانو
زن ہُسی گو کرن ژھیپہ ہیٚژ ژریکہٕ منز

(کورس واہٕ واہٕ ٹھکرا وِنہٕ یوان تہٕ پتہٕ والیس
یوان پننہٕ جایہ روزان لوکن کُن نظر کرِتھ۔ )

کورس:- تیلِ کُس بنہٕ لکہٕ نائک تہٕ اَنہٕ انقلاب
کرِ لکہٕ سیوا تہٕ تامیر کرِ نوٚو خواب

(گاش سعٕ نان، پتہٕ سۆت سۆت یوان بیٚیہِ)

(دانا وُزیر یکہٕ اَژان)

دانا وُزیر:- ڈیڈی وان! چرن داس ہے چرن داس!
(کورسس منز بنان دَر تہٕ ڈیڈی وان اَژان)

ڈیڈی وان:۔ مہرا ! داس چھُ حاضر۔ کرِو حکم ؟

داناوٗزیر:۔ چرن داس! تم میٹھاٗنی پٔرٕھی۔ تیہٕ وٕنِکی نہٕ تیپسی سوزکھ یوٚرکی۔

ڈیڈی وان:۔ ویہتر ماہرا ! وٗنی سوزکھ۔

داناوٗزیر:۔ میٹھاٗنی کاٗم ہیکَن صرف یم گنِدن گرٕی انزراٗوِتھ۔ سوٗرٕے دوٗد تہٕ پوٗنی، زنگ تہٕ پیٹھن نیٖرنون منٛز دریاوس۔ مگر پٔرِتھ کانٛہہ قدَم تُلُن سوٚ پُکھِتھ۔

(کورسہٕ منٛز اٹھان اُدارنگ تہٕ سدارنگ)

اُدارنگ تہٕ سدارنگ:۔ دانا وٗزیرس اُسن

اُدارنگ:۔ اُدارنگُن

سدارنگ:۔ سدارنگُن

دوشوٕے:۔ نمسکار

داناوٗزیر:۔ نمسکار۔ وٚلِو تھاوِو آسن

اُدارنگ:۔ کرِو مہاراج داسن حکم۔

داناوٗزیر:۔ بوٗزِو ؟ تُہندِ مٔٹِ چھےٚ میٚنٛ اَکھ اہم تہٕ ذِمہ داری ہنٛز کاٗم تھاوِنی۔ یہ کاٗم ہیکو خالص تُہی یاٗتی انجام دِتھ۔

سدارنگ:۔ ماہرا! حکم کرِو۔ اسی کرِو پزٕ سنتایہ سان تہنٛز پٔرِتھ کانٛہہ کاٗم تہٕ واتناوِو اَنٛد۔

اَدارنگ :۔ ماہراج! حق نمک ہے سُپدی۔

دانا وُزیر :۔ بُوزِو ؟ توہ ہے چھ تِیسی رٕکھس مَنز نگر پیٹھ وُہ گزوہ دور داس پری واتن۔ تتہ چھےٚ سنجے داسُن گر واجینی روزان۔ تس گژھ خبر لگنہٕ زِ راز آو راز دانہٕ دالیس مگر سنجے داس نہٕ۔ سو گژھ تشویشس منز پینی۔ سو گژھ زانہٕ زِ شاید رُود نہٕ سنجے داس۔ سو مارِ پان جان تہٕ کیاز سو چھےٚ شُری واجینی۔ سو پلّیہ فنو رُوری یکری وَاتھ رازس نِش تہٕ کیاز راز ماووت تس نِش تہٕ نہٕ رُود سنجے داس۔ مگر یہ شینچھ چھےٚ تس وَرگہٕ پاٹھی واتناوِنی۔ یتھ رُود تُہندہ ماوضہٕ سہ گو یہ موٚل موختہٕ ہار، ژٹو۔

اَدارنگ :۔ واہ! واہ!! دون بائن گنہٕ ہار۔

سدارنگ :۔ ژےٚ گوٚے پن تہٕ مےٚ گیہٕ موکھتہٕ ژھلو۔

دانا وُزیر :۔ آ۔ ہا۔ ہا۔ پُزی پاٹھی چھو مسخر۔ دانا مسخر۔ ژٹو بیا کھ ہار نتہٕ تُلو اکھ اَکس سیتی فساد۔

اَدارنگ :۔ دانا وُزیرس اَسن آے۔

سدارنگ :۔ تھدن پاے۔

اَدارنگ :۔ تہٕ بُڈ جلے۔

سدارنگ :۔ دِیو ماہراجہ اجازتھ

اُدارنگ :۔ یور وشاپہ تہٕ اوٚر آیہٕ۔

دوٚشوے :۔ نمسکار۔

دانا وُزیر :۔ کام کرِ زبو پوٚر حبہ سان۔

اُدارنگ :۔ ماہرا ! تمہ کیتھ گیہٕ گِشُدن گرِ۔

سَدارنگ :۔ اَصلی وَقتکر باہ روٗپی۔ نمسکار۔

دانا وُزیر :۔ نمسکار۔

(نیران۔ گاش سوٗتان واہ واہ، دانا وُزیر روزان اُکس اَنْدس کُن وُچھان۔ اوٚر اَژان وُزیرا مال سو تھاوان لولہٕ بوٗرت اَتھ دانا وُزیرس پھیٚکس پیٹھ۔ گاش ہَنا تیزان)۔

وزیرا مال :۔ کیا چھو سوٚنچان ؟

دانا وُزیر :۔ کیا چھُس سوٚنچان۔ سوٚنچان چھُس زِ کوتاہ بھاگیہ وان چھُس بہٕ۔

وزیرا مال :۔ کیا بھاگیہ وان ؟ کہ سہٕ بھاگیہ وانی۔ کُس راج تاج پرٛود ؟

دانا وُزیر :۔ وُزیرِ منتر کیا کمُ چھے ؟

وزیرا مال :۔ آدھیکار۔ پوٚرن آدھیکار۔ کُس تاج تہٕ بہن تخت۔ سورے پَتہٕ نین سو چھُن منتر۔

دانا وُزیر :۔ وُزیراماں! اڑ کیا وَنان تہٕ اُدمیکار چھُ رازُس۔ یُس لگہِ پاکُک
اَنہٕ داناتہٕ نیاے مُورتی چھُ۔

وزیراماں :۔ غلط! تُس چھُ تُہند مُشوَرہٕ گاٹہٕ جار تہٕ اَنو ہُو پکہٕ ناوان۔ تہٕ
نیشہٕ ناوان۔

دانا وُزیر :۔ یہ چھُ چوٗن موٗہ تہٕ طمع وَنان۔ یوٗت اَہنکار لگہِ نہٕ تھاوُن۔
سون راز وِکرم چھُ ساسہٕ بُدی وٗری گُذرہٕ پتہٕ یتھ وُیشس مَنز
پراکرمی رازہٕ۔ دھرماتما تہٕ پوٗرہٕ نیاے وَرتاوَن وول۔ لالچہٕ رٔوس۔
ژُکہ دَر۔ ہیتکاری۔ ژےٚ چھےٚ لوٗبن گٹہٕ واٗجہٕ ژ نہٕ چھےٚ رازماتایہ
ہُنز پرِش۔

وزیراماں :۔ کیا چھِو وَنان۔ کینہہ چھُو پتاہ راز وِکرم سُندی کرتوٗت۔

دانا وزیر۔ کیا! کیاہ وَن۔ وُنی کیُت کیاہ چھےٚ ژےٚ؟

وزیراماں :۔ پتاہ چھِو ژہٕ نزٕ کیا آسم وَنان۔

دانا وزیر :۔ کیا ؟

وزیراماں :۔ دپان آسہٕ رازن وُچھ باغس مَنز پوش ژٹان۔ اَکہٕ اَکہٕ نیَن
ناد دِتھ۔

دانا وُزیر :۔ پتہٕ!

وزیراماں :۔ اُکس وٗنُن گٕنہٕ ہنبدی وٗلی بَرے سوہ نہٕ ستی۔ بیٚیس رُونن،

ہُنٛز تراوے کَنہٕ ناکِر۔

دانا وزیرؠ۔ آ، دِ۔ دان کَر۔ دأتی رازٕ چھُ۔ دان ہیکِہ نا کٔرِتھ۔

وزیراماں:۔ تمہِ نیش رٔکنی وٕنِہٕ نِکھ نہٕ۔

دانا وزیر:۔ آ، دِ؟

وزیراماں:۔ بوزان گژِھو۔ رازٕ کمأری ہٕشرن وہسَن دٔپُن زٕنھس کیہہ

رنموٕ، وَن شِکارس۔

دانا وزیر۔ آ، دِ!

وزیراماں:۔ پُشنہٕ وُچھتھ گوٚ دیوانہٕ تہٕ نٔرِ تقیٖہ کٔرِتھ کھأجن شعہٕ نگرن

کُٹھ، سہٕ ژِجس یَل دِتھ بَرٕ پیٛٹھ تہٕ گَرٕ وأتِتھ کھیٛون وینہہ۔

دانا وزیرؠ۔ کیا؟

وزیراماں:۔ تُہنٛدِس لُکہٕ پالکس مُتعلق کیا کیاہ چھِیے وَنان تمہٕ پانہٕ وأتی

رِتہٕ چھُمہٕ وَنُن۔

دانا وزیرؠ۔ نہٕ۔ مےٚ چھُنہٕ کینٛہہ تہٕ بوزُن مگر۔

وزیراماں:۔ مگر کیا؟

دانا وزیرؠ۔ یِمہٕ کَتھہٕ گژھن نہٕ رازٕ ماتاپہٕ ہٕشدین کَنَن گژھنہٕ۔ ہرگز نہٕ

کینٛہہ دہٕ پٕتیہِ صَبر کَرُن۔

وزیراماں:۔ کیاہ زِ۔ سہٕ بوزِ نانتہٕ۔ یِژھہٕ کَتھہٕ چھا گھٹِتھ روزان۔ مگر تہٕہی گٔرد

وُنی کیس پالس مَنز ہیمتھ پأد۔ راج تاج حأصل کرٕنچ شبیل کرِو۔

دانا وُزیر:۔ وزیرا مال! ژُکرٕ دم! یِتھٕ پیٚمہٕ بڑٕ وٚہہ کُن یہٕ سوچِمُکھ۔

وزیرا مال:۔ ژُھلہِ بلہِ۔ دان کوٚژھ دِتھ، پھِریوٚکھ ساٗری پالس کُن۔

دانا وُزیر۔ دم کر۔ بدنیتھ۔

وزیرا مال:۔ راز لگہِ کو کرٕمن تہٕ تُھی کرنا وِثبون سوٗرے خزانہٕ خألی۔ پلنے

گژھِہ نادار۔ تہٕ ہیٚہ پیٚیس اتھ دارُن تہٕ موقہٕ وُچھتھ نیٚون۔ ۔ ۔ ۔

دانا وُزیر:۔ کیا؟

وزیرا مال:۔ مأرِتھ۔ سوٗے گژھہ راز ہنتی۔ کیٚپٹ ہنتی۔

(دانا وزیر گژھان وزیرا مالہِ شرارتس منز زنتہٕ ہوٚط چیرنہٕ)

دانا وُزیر:۔ خبردار۔ وٕہیل سرپٕنی۔ گٕڈٕری وٕ شرار چھی دوٕ تھان۔

(وارٕ دارٕ گاش سمتان تہٕ پتہٕ بیٚیہٕ لوٚت لوٚت ہیوٚر

سٹیجس پیوان۔ سوٗرے کوٗرس نادِ ہندِس زوٗلِس

منز۔ تم ساٗری زنتہٕ نادٕ چلادن واٗلی ہاٗنز ہنتہٕ کھوٚرٕ

اکھن منز ژٹتھ ناد اپور تاران۔ ادارنگ تہٕ ندارنگ

دوہٕ ونی زنتہٕ نادٕ تارکان۔)

## کورس

دے کرِ یارِی تھاوُ ہُشیاری — تارِ وُن دِیہِ اَسہِ تار
یِی ییلہِ اُستی لوکَن تہٕ مُستی — مَن ڈٕلہِ بییہِ اَنہار
داوِ طوُفانَن مَنٛز کم جانَن — ژٕرے چھکھ پانَن ہار
اَنہٕ گٹہٕ راتَن شُرین تہٕ باژَن — سانین کَرَ ووہ پکار

تارِ وُن دِیہِ اَسہِ تار
تارِ وُن دِیہِ اَسہِ تار

سُے شاہ پاشاہ دِکرم شاہ پاشا
پاشاہ پاشاہ دِکرم شاہ پاشا!

دگاش سوتان تہٕ موسیقارن سوٗے ساٹری نیران۔
سدارنگ اَکس اَندس کُن اَکس چوکِہ پیٹھ بیہان۔ واتسہٹ
تپسی سُندرکھ لاگیتھ، کورس اژان زنتہٕ گاہکی روزَن
والی سورے زنتہٕ سپدان گامہٕ کس ژوٗلس پیٹھ۔ )

اَدارنگ :- داس پری کیو روزَن والیو!
لوکو بوزِو دارِ دِلو دیان

تِپہٕ وَنہٕ پیٚنٛڑھٕ کُے تِپہٕ رێوش آمُت
تِرکال دَرٛشٹی بێیہ چھُس گیان
اَن پَن تمہٕ سُنٛد کیوٚل پھَل مۆل
کَرِ لِس پَرێشٲن کانٛہہ وَنہٕ تَس فال
چھا کانٛہہ شُرۍ واجینیٚ لِس گۆ ترٲوِتھ
سٲمی پَنہٕ نُے سٲنٛپتھ عَیال
وَنہٕ سوٚپنَن ہُنٛد پھَل
پَردیسن مَنٛز گانٛگلِ مَنٛز
ہیٚنہِ آمتی یارَن ہُنٛز شیٚچھ
باوتھ کَرِ سے لِس یوٚت آمُت
تِپہٕ وَنہٕ پیٚنٛڑھٕ کُے تِپہٕ رێوش آمُت
ہے! داس پُری کیو روزَن والیو!

اَکھ :- کُس چھُ سُہ رێوش۔ کَتِہ چھُ ؟

اَدارنگ :- ہُتھ بَرٛمچہ کُلس تَل سمادِ بیہِتھ

اَکھ زنانہٕ :- سُہ چھا اَنتریامی ؟

اَدارنگ :- سُہ نامی۔ اَنتریامی۔ بَہَن وَرِین ہُنٛد بَراہٲری۔

بیاکھ زنانہٕ :- میانہِ ایشرد! اگر ھوناتہٕ درشُن کَرِتھ یِمو۔

اَکھ زَنانہٕ :۔ وولہٕ مو چھہٕ کھۄل نٕمۄسس۔ بھبۄت ہمۄس۔

اَکھ :۔ سُہ چھا تَیہٕ وَنہٕ بیٹھہٕ آمُت یوٗت راژٕ دِگرَم چھُہ گومُت۔

اَدارنگ :۔ آ۔ تَیہٕ وَنہٕ کٕےٚ تَیہٕ رٲوِش آمُت۔ ترکال دٕرِشٹی بێیہٕ چھُس گیان۔

اَکھ زَنانہٕ۔ سُمیرا یہٕ تہٕ وُنو۔ سہٕ پٔرژھِس سنٛجے داسنٕ خَبَر اُتَر۔

اَدارنگ :۔ سُمیرا۔

بیاکھ زَنانہٕ :۔ تَس آسہٕ گوڈٕ شُرٕ وۄلمُت نال۔ سہٕ کَتہٕ گٕو کَلہٕ۔

اَکھ زَنانہٕ :۔ توتہٕ وَنوَن آسِس مامہٕ کَل۔ سہٕ پٔرژھِس خانہٕ دارسٕنز شیٚچھ۔

بیاکھ زَنانہٕ :۔ یکھہٕ پانَس۔ تَس کٕہ سہٕ فِکر۔ تَس چھُہ خانہٕ دار راژٕ وِگرمَس سیتی گومُت عائشَن تہٕ آرامَس۔

اَکھ زَنانہٕ۔ بَلکہٕ پٔرژھِس واَرے چھا۔

بیاکھ زَنانہٕ۔ کَتہٕ تَیہٕ رٲوِش تہٕ کَتہٕ راژٕ سُنٛد سلوک سنٛجہ داس۔

اَکھ زَنانہٕ :۔ مہٕ بَر وَسواس۔ وولہٕ گٔرژھنہٕ چھُہ گٔرژھنے۔ سہٕ تہٕ نمون سیتی حَرَجہٕ چھا۔

اَدارنگ :۔ ہینہٕ دِتہٕ رٲوستے دَرشُن۔ ترکال دٕرِشٹی تھاوَن وأرِس تَیہٕ رێشی سُنٛد دَرشُن۔ ہے واس پٔری کپوٹکو ! پکو۔

(سُہ پھیران باقین ساریٛ سے سٹیجَس تہٕ نوان سدارنگَس

بڑوٚنھہ کنُ۔ ساٹھِم گاشس پھیران توری کنُ۔ سُمیرا تہٕ اژان

تہٕ رلان سارنے سیتی)۔

اُدارنگ:۔ ہے سوامی! نوٚم سیوک چھ تُہندس درشنس آمتی۔ اُچھ

مُژراوِو۔ ییتہٕ گرٕ ژھ نہٕ کانٛہہ اکھ تہٕ خالی نیرِن۔

اکھ زنانہٕ:۔ مہاراج اسون چھُے نمسکار۔ اَسی چھِی شرن۔

باقے زنانہٕ۔ تِمہٕ رینٛشس اَسِن سون بجے کار۔

سدارنگ:۔ سُکھی روٗزِو۔ بخشہٕ بجر پوٚشی نوٗ۔

اکھ زنانہٕ:۔ (البتہٕ) پرٛژھو سے۔

بیاکھ زنانہٕ:۔ ژٕ پرٛژھس پانے۔

اکھ زنانہٕ:۔ مہاراج! میانہٕ ییٚمس نٮ۪سے پوٗترکورِ گوٗژھ سنتان ینُن۔

سدارنگ:۔ ہے شوٗ شمبھوٗ!

بیاکھ زنانہٕ:۔ ہے دیا۔ اُچھ کرِن بنٛد یہٕ ماگوٗ سمادِ۔

سدارنگ:۔ (اُچھ مُژراوِتھ) ہے پرٛھاوان۔ بنہٕ سنتان۔ کاٹھی ہُند

ورت گرِژھہ گرٕس منٛز درُن تہٕ کینٛہہ رینٛتی پرٛزلِہ یہنٛد گرِ ژونگ۔

اکھ زنانہٕ:۔ مہاراج تُہنٛز دیا۔ اَسی چھِی شرن۔

بیاکھ زنانہٕ۔ ہیٚیے ژٕ تہٕ پرٛژھی سے

سمیرا:۔ کیاہ پرٛژھس۔

اکھ زنانہٕ:۔ مہاراج! ییٚمِس سُمیرایہٕ ہُند سامی سنٛجے داس چھُ راز ورُمس یہنٛتی تیہِ دن گومت۔

شُمیرا :۔ (مَنٛدٕ چھ مَنٛدٕ چھ) سُہ مہاراج گوٗژھ دارٕ پاٹھۍ آسُن۔

سَدارنگ :۔ ہے شمبھو! نیٖلہٕ کنٹھ۔ اَگوٗز ناتھ۔ رٚگہٕ ہُنٛدٕ رٚکھ پالہٕ۔

اَدارنگ :۔ اَمس گُژھ شُرکہٕ ہَنہٕ چھِنٛے۔

بِیاکھ زنانہٕ :۔ مہاراج! تژٕہیے کورٕ تہٕ شَکُن پوٗٗ تُر۔

سَدارنگ :۔ سنجے داس! کوٗڈُن وَن واس، پوٗرٕ اَکھ ماس۔ راژٕ سِ ستھ نَہٕ پُلنۍ مُنٛز... مگر... مگر

شُمیرا :۔ مگر کیا؟ مہاراج؟

سَدارنگ :۔ نوٗن چھُ پِوان بوزنہٕ ٹاکارٕ۔ خبر چھِنٛے ناکارٕ. . . .

شُمیرا :۔ ہے کیاہ گوٚم! نہٕ مہاراج ڈٕنوٗ!

سَدارنگ :۔ شِشٕنہٕ مِیانیا۔

اَدارنگ :۔ مہاراج! تہُنٛد سیوٗک چھُ حاضِر۔

سَدارنگ :۔ کُس کرِس باوتھ۔

اَدارنگ :۔ مہاراج! اَکہٕ کتھ ہُنٛزٕ؟

سَدارنگ :۔ زِ تِیہٕ وَنہٕ پیٹھ آو مہاراج وِکرم اَکی رٕینٛتی راز وانہٕ واپس۔ مگر. . .

اَدارنگ :۔ مہاراج بڑوشہہ کُن تہٕ ڈٕنوٗ۔

سَدارنگ :۔ شِشٕہٕ مِیانیا! مگر سنجے داس آو نہٕ۔

شُمیرا :۔ مہاراج! سُہ کیازِ آو نہٕ۔ ڈٕنوٗ مہاراج! وُنیب کرِتھ ماگوم کیٚنہہ۔

سَدارنگ :۔ راژٕ ک مالِکھ صِرف اَکھ۔ خالِص اَکھ۔ بیٚیہ نہٕ کانہہ۔

اَدارنگ :۔ مہاراج! یہ چھِنٛے کورٕ ماگج۔ ڈٕنِتھ گژھیوٗس۔

سَدارنگ :۔ تہٕ ہیکہٕ خالِص پانہٕ مہاراج وِکرم ڈٕنِتھ۔ کیوٗل چھُ سُے

یوت راز زانان۔

اُدارنگ :۔ ہتہ بی بٔنی! تۄہی گژھو راز دانہِ تہ پرٛژھو پانہٕ رازٕ وِکرمس
زِ تُہنٛد ساٚمی سٕنٛزِ داس کیاز آو نہٕ تیٚپہٕ وَنہٕ پیٚٹھہٕ واپس۔

اَکھ زنانہٕ :۔ مہاراج! تِ کرٕ۔

بیاکھ زنانہٕ :۔ آہنی پیٚگاہ چھُ نیبرٕنۍ گامہٕ کیٚن نگرکن تہ تٔرتہ نیبر تمہٕ نِ
سیتی۔

اُدارنگ :۔ مہاراج! تمہٕ کیاہ یوان دٔرینٛٹھ۔ یِم بٕھاکھتی ماگرٕژھن یاوٕس
گرٕ واپس۔

سُدارنگ :۔ کرُمن ہُنٛد پھَل بوٚگُن پٮ۪تھ اَکس۔ سُمیرا یہٕ کیٚتُھ چھُ رُت رازدانہٕ
گرٕژھُن تہ رازس پرٛژھُن سٕنٛزِ داسُن اَوحال۔

اَکھ زنانہٕ :۔ مہاراج! تِ کرِ چارٕ کیٚشا چھُس۔

اُدارنگ :۔ مہاراج یِم بٕھاکھتہٕ چھِ پھَل مۄل ہیتھ آمتی۔ یہٕ کرٕ وُسولیکار۔

سُدارنگ :۔ ہے اگورناتھ شمبو۔ زِکرِ ہیٚنٛدِ پالک۔ کرٕد آہار۔ پھلاہار۔
دسوٗرے گاش دارِ دارِ سمتان۔ کوٗرس بیٚنِہ پنِنہِ
جایہِ یوان تہ اَڈی روزان تھر کرِتھ لوٗکن تہ اَڈی بنان
ڈیڈی وان۔ واوجہِ داو کرن واجنہِ بلیترِ)۔

داسی :۔ راج ماتا! دانا وُزیر آیہ تُہنٛدِس دَرشنس۔

(دانا وُزیر اَژان)

دانا وُزیر :- نمسکار! راز وِکرم سُند تیز تہٕ پرٔتاپ پوٗرُن اَسہٕ اَنٛد وَند۔

(اَژھہ پیٚٹھ)

راج ماتا! تُہۍ کیاز دوٕدٲسی؟

مہارانی :- گوڈٕ اوٗسکھ ژٕ دھرمہٕ سنکٹس منٛز تہٕ دوٕنی چھس بہٕ تہٕ۔

دانا وُزیر :- ماتا! صبرس چھےٚ کام ہیٛنی۔ یِزر روز نہٕ زیادٕ دوٗہن کھٹِتھ۔ اَمالوٗز۔

مہارانی :- اَمالوٗز! ژھہ پیٛہ کیاز کرِتھ؟

دانا وُزیر :- دوٕنی چھےٚ پرٔزا تہٕ شک گرٲن۔ وُزیر تہٕ منتری تہٕ چھہٕ راجس منٛز تبدیلی وُچھنہٕ حٲران۔

مہارانی :- تہٕ توہہ کیاہ چھُ لَبنہٕ یوان۔

دانا وُزیر :- میٛے ماتا! اسیٛہ چھنہٕ راجس منٛز راز وِکرہنی سنسکار، سو بھاو گاٹہٕ جاد تہٕ دریشٹی لبنہٕ یوان۔

مہارانی :- یِم چھنا راز وِکرم۔

دانا وُزیر :- خالص شریر کِنی۔

مہارانی :- رازس ماچھ ژٕیتہٕ برٔم۔

دانا وُزیر :- ژہیتہٕ برٔم نہٕ ٹلی کرٕ یہٕ چھےٚ کاے بدلی۔ شریر راز وِکرم سُند تہٕ زوٗ، روٗح سنجے داسُن۔

مہارانی :- داناؤزیرا اژ کیاہ ونان۔ مےٚ چھ انگ ولسران۔

داناؤزیر :- اکھ پُزرٕ یس ژٕنہٕ راوُن پیٚیہ۔

مہارانی :- مِیانہِ بھگوانہٕ۔ ہ کیاہ چھُس بہٕ بوزان۔ اے وزیرا! یہ کیتھ کٔنہٕ چھُ ممکن؟

داناؤزیر :- ماتا! یتھی واقاتھ چھ شاپن تہٕ ورداٛنٕ ہندٕ پربھاوٕ کنہٕ ممکن سپدان۔

مہارانی :- تہٕ سِنجے داسُن زُو کیاہ۔ یمہ راز وِکرم ہندِس شریرس منز۔

داناؤزیر :- ماتا! یہ چھےٚ سینز کتھ راج بھوگ گنیج یژھا۔ راج تاج چھاوک ہوٗس۔ پرٛزنایہ ہُند مالکھ۔ راز گرُک مالکھ۔ مہارانی تہٕ نوکرچاکر ماتاکس واس چھُنہٕ راز بتہٕ گنج یژھاتھاوان۔

مہارانی :- تہٕ راز وِکرم سنُند زُو۔

داناؤزیر :- سُہ ماتا آسہٕ کُنہٕ دوٚیمہٕ زُوہ نازہٕ ہندِس شریرس منز۔

مہارانی :- وائے گو وِکرم آسہٕ سنگٹس منز ہینہٕ آمُت۔ داناؤزیر بہٕ کیا زِ چھُس زٕندٕ۔ بہتر آسہٕ کونہٕ گژھان چاک تہٕ بہٕ کونہٕ تھنی منز شراپان۔

داناؤزیر :- تُہی تھاٚیو سنتوش۔ بیٚیہ یوٚد وے میون ماٚنو پگاہ پربھانُن گرٛژھو تھٕندِس شوبھکتی منی راج سُوامی وجیانندنس آشرمس منز۔ ماتا! ممکن چھُ تم ہیکن تُوہہِ من شانت تھاوِنہٕ موکھ کانہہ پایا

وۄہ پایا وُنتھ۔

مہارانی:۔ تہٕ میون سآمی چھُنا راز۔

دانا وزیر:۔ شَرٕ پہٕ کِنی سے۔ تہٕ کیازِ شَرٕ پہٕ تہٕ چھِ پزٕرک اکھ اہم انگ۔

مہارانی:۔ مطلب؟

دانا وزیر:۔ تہٕ یہٕ چھُون لیہہ ہیے شَرٕ پہٕ پننٕ سآمی موہُمت۔ مگر یہ چھُھنہٕ مکمل وِکرم۔ تہٕندہ مکمل سآمی۔

مہارانی:۔ میون مکمل سآمی۔

دانا وزیر:۔ آ۔ رازٕ سنسکار بُرتھ وِکرم۔ ماتا! سنسکار چھیہ بیہنس سیتی منوشس میلان۔ وۄہد۔ پالنا۔ ماحول۔ تہٕ ست سنگہٕ سیتی چھ سنسکار تہٕ سوبھاو بُرزٕر ہتہٕ دڑ تا لبان۔ یمہٕ وِسے کِنی چھپے آدم سُنٕز مکمل شخصیت شکل لبان۔

مہارانی:۔ میون کرمہٕ لون! تیلہٕ؟

دانا وزیر:۔ مَن شانت تھاوُن تہٕ صبر و سنتوشس کام ہیٚنز۔

مہارانی:۔ ٹھیک چھُ تیلہٕ گژھہ پگاہ پزٕ بھاتس شوآشرمس گژھُنک پرٕبندھ کرُن۔

دانا وزیر:۔ ماتا! ضرور سپدِ مانزِ وکرمس اُسن بجے کار۔

دگاش وار وار سوتان۔ کورُسس تہٕ بدلان جایہ ترٛایہ۔
دانا وُزیرٕ آسان سوچن گوٚمُت۔ گاش وار وار یوان۔
وزیرا مال آژان۔ سیٹھاہ ماسے مٔو حبتہٕ ورتاوان۔)

وزیرامال:۔ سأمی! کیاہ چھِوٕ سوٚنچان؟

دانا وزیر:۔ مےٚ چھُہ سوٚنچُن کیٚشُت سٕنٛز وٕہار۔

وزیرامال:۔ کیاہ؟

دانا وزیر:۔ یہ زِمنوش کیاہ زِ پنٕنہِ آدرش تہٕ اُصوٗل مُشراوان۔

وزیرامال:۔ تُہۍ چھِوٕ تی پرٛھان روٚزِن یہ انٛز چھُہ۔

دانا وزیر:۔ کیاہ؟

وزیرامال:۔ اکھ پوٗہ ہیوٗر کٔرِتھ۔ مکمل راجیٚت چھاوُن۔

دانا وزیر:۔ ہُنٛہہ خام خیالی! یم وہار گرٛژھن ترٛاوِنۍ۔ دانا وُزیر گوٚ نہٕ
دغا کرن وول۔

وزیرامال:۔ سأمی! دُنہٕ تہٕ چھِنہٕ ژیر گومُت۔ ہنا کرِو وہار۔ راز چھِنہٕ
پننہٕ نٔلِن خواصن منٛز۔ یہ لیگاہ بٔنیہٕ کاشہٕ۔ وُزیرٕ موتک فایدٕ تُلہٕ۔ نور
لبہِ، منٛز ہٕ بل ہا وِتھ راجُت ترٛاوِ۔ یا سأرے سینا پھیٖرِتھ گژھہٕ
تہٕ چھِنا جان تُہۍ نیوٗن راز۔ تختس پیٚٹھ داٗلِتھ۔ کیاہ زِ سارِنے
برٛونٛہہ چھُہ تُہۍ حق۔

دانا وزیر:- ژٕ نے کیا چھُے سَپُدمُت وزیرا مالی۔ مےٚ کیا راج دژوٚہہ یا
بغداد تہٕ چھا تُلنی۔ مےٚ چھُنہٕ راج تاج چھاوُنک کانٛہہ شوق۔

وزیر امال:- تہٕ ہے چھُنہٕ! مےٚ چھُہ۔

دانا وزیر:- کیا کمی چھےٚ۔ کیاٛ چھُنہٕ آسہٕ۔ پنٕہٕ نِشے ماکس تہٕ ستی بے وفائی۔
پھِی۔ چھِی۔ یہ چھا دھرم۔

وزیر امال:- دھرم تہٕ نیتی چھےٚ وَنان ییلہٕ راز آسہِ کمزور گرشِھان تہٕ سُہ
گژِھ نِشن ہمتھ دِتھ۔ ہنا ہیوُ بوٚڈِ کام۔ یہ ہےٚ چھُ موقہٕ۔ وارٕ وارٕ
گرشھن ساری لُکھ۔ ساری پژرا راز سِنٛدین کرتوتن نِش خبردار۔
تہٕ ہاہا کار ووتھ۔

دانا وزیر:- بِلکُل نہٕ۔ کانٛہہ ہاہا کار ووتھ نہٕ۔ ئہ لگا کھہ ساری وُزیر تہٕ
پژرا چانہٕ کھوٚتہٕ زیادٕ۔ ترمِ وِن ژوٚ راز دِکرِمُس پیٚتہ۔ تمِ ژالن تمی
سُنٛد سورُے۔ سُہ چھُ تہنٛدِ نایک تہٕ لُکھ تھاوَن سورُے آیہٕ تن۔

وزیر امال:- ہُنٛہہ نایک! بِچور راز دِکرم! تہنٛزٕ دانائی تہٕ کارٕ سہٕ
قابلیتہٕ ستی چھِ وِکرمس بوٚڈ ناوتہٕ . . . . .

دانا وزیر:- تہٕ . . . . . .

وزیر امال:- شرارتھ کیاٛ زِ چھُو کھسان۔ متہٕ ماٛنی توٚ میون۔ اَکہِ نتہٕ اَکہِ دوٚہہ
پییو پانے پالَس نگر تمہٕ دِلہِ آسہِ سیٹھاہ ژیر گومُت۔ بیٚیہ تہٕ ہے

کیاہ کاشہہ سومٕلی نوکر ہنٛز تَن راز تہٕ ہی سٔنٛز دولتھ تہٕ وٕزیری
کران تہٕ اکھٕ داران۔

دانا وزیر :۔ وٕزیرا مالی اتھ ہٮٛوکہ کہہ مِترا چھےٚ نَستہٕ کنٛہ شامٔہ۔ چون گاہ بجر
تہٕ پژر کرتھ کیاہ بدلے مٔہ۔

وزیرامال :۔ سٮٚمے ڈٮٚلہٕ شٮٚتھ گژھ پنٕنہ لابہ تھٲنٛڈٕن۔ نرِ زنگہٕ وُطھتھ نہٕ یہٕن۔

دانا وٕزیر :۔ یم گیہ تٕریا ژر یتھہ کرِ وہی۔

وزیرامال :۔ کیاہ۔

دانا وزیر :۔ یہ تہٕ شایان شان چھُ تی چھکھ بکان۔ یہ کرٕنہٕ پنٕنہ قول، فرض
تہٕ اژار برٕباد چالنس وٕہنس پٮٚتھ۔ گژھ کر کاشہہ کامہ کاراہ۔ یم
کہ وہٕترار ترٛاو۔ پنٕنہ دھرم کرم تہٕ زنم ہہ راوٕر۔

(کورسس دروازٕ بنان تہٕ ڈیڈی وان اژان)

ڈیڈی وان :۔ مہاراج! زٕ تِکٮٚسی جوان چھ تہٕ ہہ سمکھن یژھان۔

دانا وٕزیر :۔ وٕزیرا مال! ژٕ نیر وٕنی کہن، گژھ پنٕنہ مَن تھاو شانت۔
چرن داس اکھ یٔری۔

ڈیڈی وان :۔ بیٚہتر ماہرا!

وزیرامال :۔ ہٕنہہ۔ (نیبران)

(وزیرامال نیران اکہٕ اندٕ تہٕ اُدا رنگ تہٕ سدا ژنگ

اَڑان ڈیڈی وانہٕ وَتہٕ۔)

اَدارنگ تہٕ سدارنگ: دانا ؤزیرس اُسِن سدارنگُن تہٕ اَدارنگُن نمسکار۔

دانا ؤزیر:۔ نمسکار۔

اَدارنگ:۔ ماہرا! پی ژتّے بوٗتھ تی اوٚن باکل۔

سدارنگ:۔ کُر کام ڈٲلی ڈٲلی بیٚیہِ کرُ جل جل۔

اَدارنگ:۔ داس پرُی مَنز اوٚن الہٕ ڈٲکہٕ۔

سدارنگ:۔ داسہٕ کیٚٹے پیٚیہِ وٲتھ جل جل۔

اَدارنگ:۔ لگاہ وُچھو دربارس مَنز تھُی۔

سدارنگ:۔ سُمیرا ماہرا بیٚیہِ پانٕے وٲتھ۔

اَدارنگ:۔ رازس پٔزرِتھ پےٚ، سَنجے داسُن۔

دانا ؤزیر:۔ ٹھیک چھُ۔ لٔگِن نیٛاے۔ رازِ وِکرم شُند نیٛاے۔

اَدارنگ:۔ بیٚیہِ اکھ نیٛا یاہ وٕتھمُت نگرس مَنز۔

دانا ؤزیر:۔ کُس نیٛاے؟ کیٛا سناہ؟

سدارنگ:۔ گرِ داوا۔ گتہٕ ریٚنی دٕنہٕ داسس ماہرا۔

دانا ؤزیر:۔ کوسہٕ گتہٕ ریٚنی۔ کُس دٕنہٕ داس؟

اَدارنگ:۔ نگرِچ ناماوار اپراجے۔ نشرنس مَنز ماٗہر۔

سدارنگ:۔ گرِ داوا دٕنہٕ داسس جوہرس ماہرا۔

دانا وُزیر :- دَربارس مَنز۔ ٹھیک چھُ۔ ٹھیک چھُ۔

اَدارنگ :- اَسی تہٕ وُچھو ماہرا لاگِتھ یوٚگی بوٚگی سُند رَکھ۔

دانا وُزیر :- ٹھیک چھُ تتھ مَنز کیاہ چھُ خرچہٕ۔

سَدارنگ :- ماہرا۔ بیٚیہٕ تہٕ یوٚد پٔرِ ژھوو کتھا۔

اَدارنگ :- خبر اَسہٕ تگیا پٔرِژھن تہٕ۔

دانا وُزیر :- کیاہ سَنا! پٔرِژھو؟

اَدارنگ :- دَ تہٕ وُچھی یورِ گرٕھان سَمپدا۔ دَولَتھ۔ سوٚن، روپھ۔ لال۔ جواہر۔

سدارنگ :- بوٚز سوہ ییہٕ سوزنہٕ داس پُرکی۔

دانا وُزیر :- تہٕ چھُ پوٚز بلکُل پوٚز۔

اَدارنگ :- ماہرا! کَس بھاگیہ وانَس کرٕ یہٕ دَولَتھ؟

دانا وُزیر :- سَنجے داسنہٕ کو ٹُمبہٕ خاطرٕ تَہنٛدین اَشناوَن، پِترین تہٕ ہَمسایَن۔

اَدارنگ :- آسٕر چھُ! یوٚتاہ گوٚڈے رازٕ تَس پیٹھ۔

دانا وُزیر :- دٲنی رازٕ سُند دان۔ پی گوٚجان۔

سَدارنگ :- ماہرا! پی گوٚجان رِکہٕ خٲلی کرُن خزانہٕ۔

دگاش سوٚنان تہٕ پِتہٕ وارٕ دارٕ کورُسُس پیٹھ پھوان۔ کورُس

گرٕھان دوٚن تھٔدین باگن مَنز تقسیم ژَنتہٕ اَکس باگس

منٛز تِم یِم ظُلم کرٕن وأل چھ تہٕ دوٚیمِس منٛزتِم یِمن پیٹھ
ظُلم سپدان چھُ۔ یِمن منٛز باگ ترٛیُم باگ تِمن ہُنٛد
یِم لوٚکٹ چھِ۔ موسیقی روزان چلہٕ وٕنی تہٕ بدلان۔ ظالِم باگ
دوٚیمِس باگس مُنٛز پأتھرس منٛز یہ ہاوان زِ تِم کوتاہ ظُلم
چھ کران تہٕ دوٚیُم کتھ حدس منٛز کیتھہٕ کٕنی چھ ظُلم برداش
کران تہٕ اَتھ عملِ منٛز کیتھہٕ کٕنی چھ ترٛیِمہِ باگُک تھپل فأیدٕ
تُلان، لوٗٹان، پدوہِ پٔراوان۔ رشوت رٹان۔ یتھہٕ کٕنی
چھُ کورس سعہ بادتھ کران یِہ سماجُک منٛز ترٛین کوٚرگٕن
ہٕنٛز کشمکش چھپٕے۔ کمزور ورگ، کمزور ترین بنان تہٕ
نٔو ساوَر زیادٕ زور دار تہٕ منٛز یُم ورگ پٔتھی وٕتھی وٕتان۔
یِہ سورُے سپدان اَکِس ربط و ضبطس تحت۔ آخرس
منٛز سارِنٕے منٛز اَکھ باطاقتھ نفر وٕتلان یُس شٕدی
غلام سأری چھ بنان۔ یہٕ سین یتھٕے عروجس واتہٕ
گاش سعہ تہٕ۔ تہٕ کورس کرِ ہیوٚر سٹیجس کھٔسِتھ لوکٕن کُن
تھٔر تہٕ کینٛہہ رٹن پننہٕ پننہٕ جایہٕ۔ داسہٕ گژھ ، واوجہٕ واو
کرٕن واجنہٕ تہٕ ڈیڈی وان بیترِ اَکِس اَندس پیٹھٕ اَکِس
کوٗٹس پیٹھ ہینجرس منٛز اَکھ طوطہٕ۔ مہارأنی اَمی سِے طوطس

(زٕنتہٕ پھَل ترٛاوان۔ دانا وٕزیر اژان ۔)

دانا وٕزیر:۔ ماتا! راز وِکرمس اُسن جےٚ جےٚ کار۔ مےٚون چھُو نمسکار۔ توہہٕ سُکھُہ پیٹھ اوٚنوس بُلاوِتھ۔

مہارانی:۔ دانا وٕزیر! بہٕ آیس وُنی شو آشرمہٕ پیٹھہٕ آشرمچ شانتی وُچھتھ گوٚمت سیٹھاہ پرسن۔ وَجہ یا نَند چھہٕ سیٹھاہ بٔڈ مہاتما۔

دانا وٕزیر:۔ ماتا! کینٛہہ پرامرِش یا رایہ وٕنی کھ۔

مہارانی:۔ تِمَو بوٗز میانہٕ سَنکَٹُچ ساری ڈلیل۔

دانا وٕزیر:۔ پتہٕ؟

مہارانی:۔ اَوِ ووٚنُکھ نہٕ رُکھپن۔

دانا وٕزیر:۔ تو نہٕ بوٗدکھ کینٛہہ۔ کانٛہہ پایا' وہ پایا۔

مہارانی:۔ سیٹھاہ سوچ کٔرِتھ تہٕ زٕہتہ دِتھ دِیُتکھ پننہٕ آشرمک یہ پُنکھی منے۔ پنجرک طوطہٕ۔

دانا وٕزیر:۔ طوطہٕ!

مہارانی:۔ آ۔ یہ طوطہٕ۔ نیٚشی بوٚد۔ بولہٕ وُن طوطہٕ۔

دانا وٕزیر:۔ ووٚنکھ کینٛہہ۔

مہارانی:۔ آ۔ ووٚنہم یِنہٕ اُمس کینٛہہ گژھی رُچھی زٕہن تہٕ لوٗطہٕ گژھہ زانہِ

دانا وٕزیر:۔ تہٕ اصل مسلہ؟

مہارانی :۔ تتھ مُتلق وۄنہِم نہٕ کینٛہہ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ پہ طوطہٕ ہیوٚتُن مےٚ سیٹھا
ٹوٹھ گژھن۔

(طوطہٕ ہیٚنز بولہِ گژھان موسیقی پیٹھ)

پہ چھُ سیٹھا مۄدُر بولہِ کران۔

دانا وزیر :۔ طوطہٕ! طوطہٕ!! ماتا مےٚ کیٛا حُکم چھُو۔

مہارانی :۔ مےٚ پہ وۄنُن چھُ تہٕ چھُم نہٕ تگان پھیرُن۔ کیوٚل چھُم باس تہٕ باوُژ کتھ
نہٕ شبد۔ شکوہ تہٕ شکایت ستی چھُم مَن بٔرِتھ۔ نیٛہہ تہٕ نینٛدرٕ رژھر۔
سکھ تہٕ سامرتھ چھُم نہٕ رۄدمُت۔ راجہٕ ہیٚنز دۄہکر کرن ہنز
کتھ بوزی بوزی چھس تنگ آمژ۔ یلیٚمہٕ پتہٕ مالگہِ لکہٕ پامَن دانا وزیر!

دانا وزیر :۔ ماتا! پہ پٔرژ چھےٚ وارہٕ وارہٕ سلجان۔ پانے لیہٕ سما دان۔ کیوٚل
سنتوش تھاوُن بییہ کینٛہہ دۄہہ۔

مہارانی :۔ دانا وزیر! مےٚ بوز خزانک سون روپہ چھُ یوان سبے واپہ
پاٹھی پاگراونہٕ۔

دانا وزیر :۔ بوز چھُ ماتا! مگر تشویشچ چھنہٕ کانٛہہ فِکر۔ سوٗرے روزِ پنٛنہِ
دلیشس منٛز۔ گژھہ کوت۔

مہارانی :۔ بس اَپی اوسُم پرژھُن۔

دانا وزیر :۔ مےٚ چھُ تران فِکرِ زِ تۄہہ کوسہ کوسہ پریشانی آسہٕ۔ مگر دیشہٕ کال

وِہرادِ تہٕ چھُ اَسہِ کیٛتھ پیٚ رُت زِ کیٛنہہ کال لاگو اَمی ڈیشِتھ اوٚن
تہٕ بوٗزِتھ زوٗر۔

مہارٲنی:۔ (ہراش) تہٕ زیوٗن گنڈِ۔ ہُنہہ!

(طوطہٕ بوٗلی گرٛتھان ہٮ۪یہِ موسیقی پیٚٹھ)

دانا وزیر:۔ طوطہٕ! بچور طوطہٕ!! مانا مٮ۪ے چھا آگنیا؟

مہارٲنی:۔ پرِتہٕ بُتھہٕ۔ (اُڈس سٹیجس گاش سوتان)

دانا وزیر:۔ (نیران نیران اَکس اَندس کُن) اُدارنگن تہٕ سدا رنگن
دٕنیٛوو زِ طوطہٕ سِندِ مرنہٕ گیوٚو سنجے داسس صدمہٕ — طوطہ!
... ضروٗر چھُ اَتھ منٛز کیٛنہہ راز۔ طوطہٕ!!! اصلی وِکرم — راز
وِکرم گژھِتھ طوطہٕ سِندِس روٗپس منٛز آسُن۔

(سوٗرُے گاش سوتان۔ دانا وزیر تہٕ مہارٲنی نیران۔
طوطہٕ ہینز جایہِ بیاکھ طوطہٕ ہیٚنِس پنجرس منٛز۔ تس اَکھ
سیوک ژھٹتھ سٕے آسہِ طوطہٕ سِندِ بدل تہٕ بولان۔ دٕنہٕ داس
اَژِ سیٹھا غمس تہٕ غوٚصس منٛز۔ کوٗرس آسہِ ہنا تبدیلی سان
تکیاہ زِ یہِ چھُنہٕ راہ محلہِ بیترِ بلی کرِ دٕنہٕ داس جوہری مُنٛد گرٛ)

دٕنہٕ داس:۔ اَکھ کتھ تہٕ مانکھ نہٕ۔ اَمہِ کھوتہٕ تہٕ اُسی تٕ وِکرم رازس ناو تھوٚود
تہٕ لَستہٕ گوٚو۔ ہرگز نہٕ۔ یہِ گوٚو سیٚودُے اَنرتھ۔ بلکل اَنرتھ۔ ہنٛگہٕ منٛگہٕ

ہانژھ تہٕ مانگےٚ۔ یہٕ گوٚگاٹلۍ پَھٹلن والہٕ دارِشہ لاگُن تہٕ روپیہ
وُگراوُنہٕ۔ ووٚنی آسہٕ ہے اورِ کاشہ بوٚڈ سیٹھا تہٕ توٚتہٕ گرہٕ ولہٕ لرٕ اُسے۔
تَتھ چھُم اورِ نکہٕ زِن نا۔ چھوٚنی چھُھ نیاہ۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ! ژٕ کیازِ بامبر یومُت۔ ژٕ سے کیازِ فکرِ تہٕ کروٚ دِ ؟

دَنہٕ داس :۔ بوزان چھُکھ نا کوٗت گژھہٕ کار ووٚتھ۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ! کتھ بلیچھ؟ کیازِ۔ دٔلیل کیا چھےٚ؟

دَنہٕ داس :۔ اے طوطہٕ بہٕ کیا وَنے تہٕ ژٕ کیا بوزکھ۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ وَن، ممکِن چھُ بہٕ ہیکے مَدَتھ کرِتھ۔

دَنہٕ داس :۔ اے طوطہٕ ژٕ چھکھ موٚدر موٚدرِ برٕ یہٕ کھیوان۔ بادام گوجا چھُکھ
زانہٕ اُسس ترٕاوان یتھ عقلَ بڈٕ ہی۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ اکھ لوکُٹ پنچھی چھُ لوکُٹ عقل تھوان بے شک۔
مگر ممکِن چھُ مَدد ہیکہٕ کرِتھ۔

دَنہٕ داس :۔ اڈُں۔ وَن ژٕ چھُکھ عقلِ منز بوڈ کِنہٕ دانا وُزیر۔

طوطہٕ :۔ کُس دانا وُزیر۔

دَنہٕ داس۔ مہاراج وِکرم سِنگھ زیٹھ وُزیر۔ دانا وُزیر۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ! سُہ چھُ کیوٗل مشوٗرِ دان۔ پُستکہٕ پوٚرمُت تی بادان۔
یہٕ تمِن لیکھِتھ چھُ۔ دھرم تہٕ ریوایتھ پالان۔

دٔنہٕ داس :۔ تیٚلہِ ٲن ژٕ چھکھ گاٹُل کٕنہٕ مہاراج وِکرم؟

طوطہٕ :۔ اے مٲلکھ! وِکرم چھُ راز تہٕ بہٕ اَکھ پٔنٛکھی۔ راز یوٚدوے ییٚتھ
سارِی طوطہٕ نِیہ بارٕ نٲدِتھ۔ میٚون طاقتھ چھُ وُچھ تُلنھ ژٔلُن۔

دٔنہٕ داس :۔ تیٚلہِ ٲن دانأوزیرس تہٕ ژٕ ئے مَنٛز کیاہ فرق چھےٚ۔

طوطہٕ :۔ سُہ ٲنان پُستکَن ہٕنٛد گیان تہٕ بہٕ ؤنہٕ تی یہ ہیٚچھنادٔنہٕ ہمہ۔

دٔنہٕ داس :۔ تیٚلہِ کُس چھُ بوٚڑ۔ سُہ کِنہٕ ژٕ۔

طوطہٕ :۔ سُتہِ دِوان مَشوٗرٕ تہٕ بٔتہِ دِمہٕ مَشوٗرٕ۔

دٔنہٕ داس :۔ تہٕ فٲصلہٕ؟

طوطہٕ :۔ اے مٲلکھ! ایُس نہٕ آزاد آسہِ سُہ کیاہ فٲصلہٕ دِیہ۔

دٔنہٕ داس :۔ یوٚدوَے ژٕ میٚے رُت مَشوٗرٕ دِکھ بہٕ کَرتھ آزاد وُنی۔

طوطہٕ :۔ اے مٲلکھ! ٲن کیا تکلیف چھےٚ؟ کُس مَسلہٕ چھُے سوٗرٕ طلب؟

دٔنہٕ داس :۔ طوطہٕ! میانہٕ ٹاٹھِ طوطہٕ! میٚے بَھرے بہٕ پَنہٕ نی زٕیو۔

طوطہٕ :۔ اے مٲلکھ کیتہٕ کٔنہٕ؟

دٔنہٕ داس :۔ میٚے یہ سوٗچُن وُچھ تہٕ بوٗمٕے نگرٕ کین زٕٹھین نٕش۔

طوطہٕ :۔ تمہِ سٕتی۔

دٔنہٕ داس :۔ کَتھ زیٹھے یہ۔ تِمو کُھٹھلاوٕکھ تہٕ اَپٕراجے گتہٕ ریٚنہٕ کھوٚت
بوٗش بٔلی کہٕ ہس دیُتھہَس تمَن چھُ میٚون اَچھ کِمٕٹر۔

طوطہٕ :۔ کنہٕ پیٹھ دِیتھس ہس۔

دَنہٕ داس :۔ سہ دورے پیہ داوا کرنہٕ۔ پگاہ چھےٚ رازس نِش پیشی۔

طوطہٕ :۔ گژھہِ ربّنہٕ کُنہٕ کوٚر داوا۔

دَنہٕ داس :۔ اکھ ہتھ سہ نہٕ ٹینکین۔

طوطہٕ :۔ کیازِ؟

دَنہٕ داس :۔ میٚے وُچھ تُسُند نژُن سوٚپنس منٛز۔

طوطہٕ :۔ اَدِ؟

دَنہٕ داس :۔ سہ مَنگان ماوضہٕ۔ تُسہ کیٛتھہٕ دِمَس۔

طوطہٕ :۔ نژُن وُچھنک۔

دَنہٕ داس :۔ آ۔

طوطہٕ :۔ سُید فاصلہٕ۔

دَنہٕ داس :۔ کیاہ؟

طوطہٕ :۔ تہٕ ہہ گژھن دربار۔

دَنہٕ داس :۔ پگاہ۔ رازس نِش۔

طوطہٕ :۔ میٚے رِنو سیتی۔

دَنہٕ داس :۔ ژٕ۔ رازٕ دربار۔ ہاہا۔ ژٕ کیا کرکھ؟

طوطہٕ :۔ فاصلہٕ۔ بیٚیہ تِلو سہ نہٕ تُسُند اکھ ہتھ ٹینکہٕ سیتی۔

دٔنہٕ داس :۔ تونہٕ تُلمُن نہٕ۔ دُچھ کیاہ چھُہ وَنان۔

طوطہٕ :۔ تُہی مہ کھوٗژِو۔ داوا زٕ پنُن تُہی۔ بٔڈیہ تُلو اَکھ آنہٕ تہٕ سٕتی، تہٕ

سٕپُد فاصلہٕ۔

دٔنہٕ داس :۔ کیاہ ؟

طوطہٕ :۔ آ۔ ماہنِو میٔانٛی راے۔ کینٛہہ تہٕ گژھِہ نہٕ ضایہ۔

دٔنہٕ داس :۔ کیاہ ؟ یوٗ دوٚے مے کنجوٗسن سونہٕ ٹینکی ہتھ ہورٕے۔ ہٕ چیٖرٕ

ہوٚٹ۔ تیہِر نیٖرِ کڈٕے لوٚٹ۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ ! راز دِکرم سِندِس پٔزِس نیاہس پیٹھ تھاوِو پٔزِ۔

دٔنہٕ داس :۔ ٹھیک ہے گو۔ اَتھی شرطس پیٹھ، بوٗزتھ دٔنہٕ داسس گژھِہ

نہٕ چھوٚٹن کینٛہہ۔

اگاشس سوتان نہٕ پتہٕ یوان وارٕ وارٕ۔ کورَسس آسان

اُڈی وُزیرٕ مشوٚرٕ دان۔ دَربأری لُکھ تہٕ باقے کامہٕ کَرَن وٲلی

بٔنی ہتی۔ رازٕ آسان تختس پیٹھ بہِتھ تہٕ دانا وُزیر آسان

تَس نکھہٕ)

کورس :۔ رازس اٮ۪سن جَے جَے کار

نیاے دَرتاوٗن کرُن دوٚ پکار

رازس اٮ۪سن جَے جَے کار

رازٕ وِکرمس تھوٚد آدھیکار
راژس آٔسن جَہے کار

ڈیڈیوان :۔ رازٕ وِکرم سُنٛد نیٖاے تہٕ اِنصاف پٔرشن اَنٛدٕ وَنٛد۔

داناؤزیر :۔ مہاراج! نیٖایہٕ موٗرتی ہِشنز آگنیا یوٚدوَے آسہٕ تہٕ دربار لگہٕ اَزِچ کاروٲیی گژھہٕ آرمبھ۔

رازٕ دٕ وکھان تھوٚد۔ سارٕی دٕ وتھان تھوٚد۔
رازٕ بیٚہان، سارٕی بیٚہان۔

داناؤزیر :۔ نگرِچ مشہوٗر گنتہٕ رٕینی اَپراجے کرِ پنُن مُقدمہٕ پیش۔

رازٕ :۔ اَپراجے گنتہٕ رٕینی! اَتھس کیا مُقدمہٕ چھُ۔

داناؤزیر :۔ یوٚدوَے آگنیا آسہِ سعہ وَنہٕ پانے کُنہٕ خوفہٕ بَیہٕ تہٕ ہراسہٕ وَرٲیٔ۔ تِی چھُپے رازٕ دربارٕچ مرِی یادا تہٕ رلوایہٕ۔

رازٕ :۔ اِجازَتھ چھُس۔

( اَپراجے اَژان وَنہٕ داسس طوطہٕ تہٕ طوطہٕ بردار تہٕ اژان۔ اپراجے اکہٕ اَنٛدٕ تہٕ دَنہٕ داس طوطہٕ بردار بیتہٕ بیٚیہٕ اَنٛدٕ رٕوزان)۔

اپراجے :۔ مہاراج وِکرمس آٔسن جَے۔ پادِ پرنام مہاراج۔

رازٕ :۔ ژٕ چھکھ گنتہٕ رٕینی۔

اپراجۍ :۔ مہاراج !

راژ :۔ ژٕ تے ہوٗتھٕ اَسہٕ زانہہ پَنٕنۍ نزٕن۔

اپراجۍ :۔ مہاراج ! توہہِ چھُو میوٚن نزٕن بڈٕین دوٚہن تہٕ ماٗلن پیٹھٕ وُچھمت۔

راژ :۔ تیٚلہِ وَن اَز کیتھٕ کٔنۍ آیکھ ؟

اپراجۍ :۔ مہاراج ! ایٚیمہِ نگرکۍ بڈۍ جوٗہری، باپاری تہٕ سوداگرن ہٕ دُنہٕ داسن

چھُ میوٚن نزٕن وُچھمُت۔

راژ :۔ گوٚژھہ نا وُچھُن، ژٕ ہیٚے گٔژھہ ریٚبنی چھکھ۔

اپراجۍ :۔ اوٚوے مہاراج چھُس بہٕ اُمس اکھ ہٕنتھ سوٚنہٕ ٹکہ منگان۔

راژ :۔ کیٛاز ؟

اپراجۍ :۔ پَنٕنۍ ماوضہٕ۔

راژ :۔ دانا وزیر ! اُمی کیٛازِ دیُت نہٕ اَسہٕ ماوضہٕ۔

داناوٗزیر :۔ راژن ! ماوضہٕ چھُس گژھہ ریٚبنہٕ دیُن۔ نزٕن وُچھنک ماوضہٕ

دُنہٕ داس :۔ مہاراجس اُرِس پرٕنام۔ بہٕ کیٚتھ ماوضہٕ دِمس مےٚ وُچھاے شُد

نزٕن سوٚپنس منٛز۔

بلٕتھے ساری :۔ سوٚپنس منٛز، سوٚپنس منٛز۔

دُنہٕ داس :۔ تیٚتھ کٔس ماوضہٕ دِمس۔

راژ :۔ کیٛازِ نہٕ۔

دٔنہ داس:- مہاراج! کیاژ کیتھہٕ گٔی۔

راژ:- پگاہ وُچھکھ ژٕ سۆپنس مَنز راژ بَنیومُت۔ اُسی دِموہ بَنہٕ۔

(ساری اُسن تژاوان دانا وزیرس سوٗے)

داناوٗزیر:- خاموش۔ خاموش۔ مہاراج! تُہند حُکم چھُ یُس پَرنہٕ طرفہٕ چھُ گوشراونہٕ آمُت ز راژ وِکرم سُند نیاے گژھہِ تیوٗت تھکھکُن لایق آسُن ز سۆپنس مَنز نہٕ گژھہ نہٕ کانٛسہِ کانٛہہ ظُلم سپدان وُچھُن۔

راژ:- تہٕ چھُ راژ وِکرم سُند آدرش۔ نیاے۔

ایراجہ:- تیٚلہِ کیاژ وُچھ دٔنہ داسن سۆپنس مَنز میون نژُن تہٕ ماوضہٕ دیُٹن نہٕ۔

راژ:- آ۔ آ۔ دیُن پیٚیس۔ نتہٕ روزِ راژ وِکرم سُندِس نیایس تہٕ اِنصافس پام۔

دٔنہ داس:- کیاژ دِمس؟

طوطہٕ:- ہنٛوروٗر دِموس!

راژ:- یہ کُس چھُ۔ یہ کٔمی ہٕنٛز آواز؟

دٔنہ داس:- مہاراج! یہ چھُ میون مَشوٗرہٕ دان طوطہٕ۔

راژ:- طوطہٕ! طوطہٕ! ییتہٕ کرِی تین دَفا۔

دٔنہ داس:- مہاراج! یہ چھُ میٚون دانا وٗزیر۔ ییٚلہِ نہٕ تُہی پَنُن دانا وٗزیر

ترٛاوِتھوٚن۔ بتہٕ کرن نہٕ یہِ دفا۔

رازٕ :۔ کیٚنہٕ ترٛکٕر۔ کڈ گتہٕ ریٚنہٕ ہتہٕ مادھنہٕ۔ اکھ ہتھ سوہ ٹینکی۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ! اَمہٕ چھُنہٕ کانٛہہ حرج۔ اَسی تھاوون یہ رقم اُتس برٛوٚنٛہہ کیٚنہٕ۔

(دیٚنہٕ داس اَنہٕ رازس برٛوٚنٛہہ کیٚنہٕ تھاوان تہٕ تتھ برٛوٚنٛہہ کیٚنہٕ گوٚڈ)

دیٚنہٕ داس :۔ مہاراج! وُچھو یہ گوٚ رقم یتھ اُتس برٛوٚنٛہہ کیٚنہٕ۔

طوطہٕ :۔ اپراجے! اگرٕ تھ نہٕ پنٕنۍ رقم۔

اپراجے :۔ آ۔ رنمہٕ نا۔ پنٕنۍ مادھنہٕ تہٕ حق۔

(سوہ پکان برٛوٚنٛہہ۔ رنہٕ خاطرٕ)

طوطہٕ :۔ مگر سُہ رقم یُس ژٕنۍ اُتس منٛز چھےٚ پوان بوزنہٕ۔ سُے چھےٚ ژٕنۍ نیٚنۍ۔ اَنہٕ منٛزٕ یم رقم چھ چوٚن مادھنہٕ تہٕ حق۔

اپراجے :۔ کیٛازِ۔ سُہ چھ خالِص عکس۔ مایا۔

طوطہٕ :۔ چوٚن ترٕنۍ تہٕ چھ سوٚنٛس منٛز آمُت وُچھنہٕ۔ سُہ تہٕ چھ خالِص تہٕ شوٚد عکس۔ مایا۔

(باقےٚ سارۍ تھوٚد وۄتھان)

باقےٚ :۔ واہ! واہ!! کیٛا فاصلہٕ۔ کیٛا نیٛاے!

دانا وزیر :۔ مہاراج دِکرم کیٛا چھ وۄنۍ دنان؟

راژ :- یہ طوطہٕ کرٕیون دفا؟ اُمس کتہٕ آیہ دٕیوٕ۔ یہ بعد۔

داناؤزیر :- مہاراج! اُمی دیُت پوٚر تہٕ پوٚز فاصلہٕ۔ نیٖاے۔ یہ طوطہٕ گژھہ ژھینہٕ یُن۔

دٕنہٕ داس :- اپراجے نوان کو نہٕ چھکھ یلنُن حق اَنہٕ منٛزٕ۔

اپراجے :- کیٚاہ نمہٕ۔ عکس کینہٕ شرمندٕگی۔

طوطہٕ :- تیٚلہٕ کتھ کوٚرتھ داوا۔ مایایہٕ۔ عکس۔ اَپزٕس۔ کتہٕ اہنکار چھُے۔

داناؤزیر :- اے دٕنہٕ داس۔ یہ طوطہٕ دِن ژٕمتے۔ بٕہ ہیمن ٔلی۔

راژ :- شابا شہ!! یہ کھیٚاوُن وٕنیہ۔

داناؤزیر :- مہاراج۔ تہٕ چھوٚ نیٖاے موٚرتی۔ تہندٕس راژہٕ کالس منٛز ییہ نہٕ کانٛسہٕ ستتہٕ اَنیٖاے وَرتاونہٕ۔ یہ ٹینکی کیٚاژ کھیٚادون وٕنیہ۔

راژ :- اُمس طوطس چھتے ستھاتیٚنہ۔ اُمس وُچھتھ چھُس بٕہ کلانشیان۔

داناؤزیر :- بلہٕ ویر راژ! پراکرمی راژ۔ مہاراج وِکرم چھا اَکس موٚمولی طوطس وُچھتھ کانشیان۔

باقی۔ (اتھوٚ دٕتھ) مہاراج! یہ کیٚاہ چھ اَسی بوزان۔

راژ :- یا ہیکہٕ یہ طوطہٕ نیٖاے وَرتاوِتھ نتہٕ بٕہ۔

داناؤزیر :- مہاراج۔ یہ نمن بٕہ پکُن گرٕ۔ ٔبلی کرِ پلیم ہیے بٕہ ترٛاوَن یلہٕ۔

راژ :- نہٕ۔ یلہٕ گژھہ نہٕ ہرگز ترٛاوُن۔ زانہہ نہٕ۔

دانا وُزیر :- تیٚلہِ مہاراج ! رَچھتھ۔ رُٹِو دَنہٕ داس تہٕ طوطہٕ سُند موٗل۔

( دَنہٕ داس وۄہتھان تہٕ دانا وُزیرٕس نِش سۄ نہٕ سُند

کوٚر رُٹان لۄس وُزیر تَہِ مَنٛزٕ کَڈان )

وۄنی چھُس تہٕ اَمی سُند ماکھ۔

طوطہٕ :- دانا وُزیر تہٕ دانا طوطہٕ۔

ساٗری :- دانا طوطہٕ !

دَنہٕ داس :- مہاراج ! وِکرمَس اُسن جَے جَے کار

( اَکھ وُزیر اَنان اَکھ بوٚڈ پیٹھہٕ تہٕ دِوان دانا وُزیرٕس کُن )

دانا وُزیر :- مہاراج ! پَینٛز راز مۄہر دِیِو

( راز تَس بُتھہِ بُتھہِ وُچھان )

پَینٛز واٗج دِیِو یتھ فاٗصلہٕ نامَس پیٹھ ترٛاوو۔

راز :- ( اَونٛگجہِ وُچھان ) کَتہِ چھِنے کۄسہٕ ہُش۔

دانا وُزیر :- مہاراج تۄہہِ آسہِ مُنٛزی مہِ اَونٛگجہِ لاگِتھ۔

راز :- ( اَونٛگج خاٚلی وُچھتھ ) کَتہِ چھِنے۔

دانا وُزیر :- مہاراج ! تاجُب چھُ ! تۄہہِ چھِناسۄ لاگِتھ۔ مہاراج وِکرم

چھُنہٕ سۄ واٗج کُنہِ جایہِ ترٛاوان۔ کاٚنسہِ تہٕ بخشان۔

راز :- تیٚلہِ گوٚو وۄشِچھ۔ سۄ بخشاٚو۔

داناوزیر :- ہانہہ کمِس ! ماہراسۍ چھِنے راز مۍ ہرٕ سۍ یُنہ تہٕ پُٹس پیٹھ پیٚیہ
سُہ گوٚ تہند حُکم تہٕ فیصلہٕ۔

راز :- اَفسوس ! سۍ بخش۔ داہ دِنہٕ والین۔ تیٚہٕ وٚلس مُنز۔

اپراجٕ :- رازن ! فیصلہٕ دِیت طوطن۔

باقی :- دانا طوطن۔

اپراجٕ۔ اَسہٕ کیا کرُن وۍ فی فیصلہٕ پٹس۔ اَرن اَسہٕ اِجازتھ۔

(دِنہٕ داس۔ اپراجٕ نیران۔ طوطہٕ برداربیہان پتہٕ کنہٕ)

دِنہٕ داس تہٕ اپراجٕ۔ رازس اَسن جۍ جۍ کار۔ وِکرم رازس جۍ جۍ کار۔

(زنانہٕ وٚدن گژھان۔ سُمیرا تہٕ کیٚنہہ۔ داس اَژان
تَس سیتی سُمیرا وٚدان وٚدان یوان)

سُمیرا :- مہاراج ! مہاراج !!

راز :- یہ کُمۍ سُنٛد وٚدُن۔

داناوزیر :- مہاراج وِکرم چھِنا اَکِس اَبلا زنانہٕ ہُنٛد وٚدُن ہیکان
پرزٕناوِتھ۔

راز :- آواز چھُم ویژ مگر ویلاپھ کوٚسہٕ چھِنے کرٲن۔

داناوزیر :- مہاراج ! تُہی چھو نا پرزٕناوان۔

سُمیرا :- مہاراج ! تُہی اَوٕ تیٚہٕ دِنہٕ پیٹھہٕ واپس مگر میٚون شیرتاج سنٛجے

داسس کتہِ چھُ؟

(راز مُنزی مُنزی دوٖ نھان تہٕ بیٹھان)۔

راز:۔ ژٕ چھکھ سُمیرا۔ ژٕ کوت آیکھ یور۔ مےٚ سوٗزی چانہِ باپتھ سُنہٕ رتھ سوٗنہٕ رےٚ پہٕ بُرتھ داسس پُری۔

سمیرا:۔ مےٚ کیاہ چھُ سونُس روٗپس کرُن مہاراج! میون سنٛجے داس کتہِ چھُ۔

راز:۔ سنٛجے داس کتہِ چھُ! سنٛجے داس! راج ہوٗگان۔ سوٗرگ ہوٗگان۔ تَپہٕ وَنہٕ دیُت مےٚ تمِس داہ۔ سُہ گوٗ سوٗرگواس۔

سمیرا۔ ہاے میانہِ بھتو۔ میٚون شیرتاج کتہِ تھوٗو وَن؟

دانا وُزیر:۔ اے دیوی! یُس سوٗرگواس سپدِ تُس لگِہٕ راز دربارس مُنز مانم کرُن۔

سمیرا پہٕ ہٕندی ستی واٗلی:۔ مہاراج! سوٗرگہ واسہ ہٕنز اُسترکہ کتہِ چھےٚ۔ اُسی نمو کھ داسس پُری۔

راز:۔ دانا وُزیر! سنٛجے داسنہٕ اُسترکہ چھےٚ تَپہٕ وَنہٕ سےٚ مُنز۔

دانا وُزیر:۔ رازن! سوزون گاٹھہٕ۔ مگر تُس گتسِتھ آو داہ دِنہٕ۔ کس چھےٚ خبر۔

سُمیرا:۔ میانہِ سنٛجے داسو۔ لگیو داسہ کشیے۔

راز:۔ مےٚ چھےٚ خبر۔ مےٚ چھےٚ خبر۔ سُمیرا! ژٕ مہٕ بامبر۔ اُسی سو زوے ژےٚ رٕمہٕ گرٕ۔ ژٕ مَتہٕ گژٕتہٕ دِلاچھ۔ اوٚش مَتہٕ تراو تہٕ۔ سنٛجے داسن

مکانہٕ پیٹھ سعنہٕ سیریوٚ ہٕلتی بناونہٕ۔ واس پُرِی مُنٛز پیٹھہٕ نُو راز داٗنی

بناونہٕ۔ چون گرٕ بنہٕ رازٕ محل۔ یُمیراٹٕ مہٕ بامبر گرٕٹھ گرٕ واپس۔

سوٗرسے کوٗرس پَتہٕ نیو پَتہٕ نیو جایُو پیٹھہٕ تھوٗو وِتھالن۔

تَمہٕ بنان زٕ ترٕ ومبرٕ زَنہٕ الگ پاٹھی مُشوٗرٕ کران، دانا

وزیر لدان لیہن سٹیجس)۔

دانا وُزیر:۔ یہ چھا وِکرم راژس شایاں زُبان۔ میانہٕ دَیہ۔ یہ چھُ پکہٕ

سنجے داسس۔

کوٗرس:۔ یہ چھا رازٕ وِکرم وَنان؟

یہ کوٚت سنگھاسنہٕ پیٹھٕ وُتھتھ گژھان۔

یہ چھُنہٕ وِکرم؟

یہ بناوِیا بشا کھ راژٕ داٗنی؟

راژس ما چھُ بوٗدِ ناش گوٚمُت۔

(دانا وُزیر پوٚت پھیران)

رازٕ:۔ دانا وُزیر۔ (اَنتہٕ وَدان) یہ یُمیرا سوٗزن داسس پُرِی واپس،

یہ چھنے مٔتے وَدناوان۔

کوٗرس:۔ بلہٕ وان وِکرم چھا وَدان۔

نیاے موٗرتی وِکرم چھا بُزدِل بنیومُت۔

وھر ماتما راز ہِ وِکرم چھا اُمِس دایہ کجہ ڈے گومُت۔

(سدارنگ تہٕ اُدارنگ ہیُور سٹیجس کھسان۔ سُمیرا یہ سیتی آمتین وانسن تہٕ تمِن سیتی لوکن کُن نظر کرِتھ)

سُمیرا یہِ ہنٛدِ سیتی وٲلی:۔ سنجے داس! اسانہٕ سنجے دایہ!!

راز ہٕ:۔ شہ موٗد تَس دُیت مےٚ داہ! (راز ہٕ زَنتہٕ ترٛہران۔ کھوژان) شہ کٔتہٕ پیہ سنجے داس۔

(سدارنگ تہٕ اُدارنگ واپس پتھ کورسس سیتی رلان)

سُمیرا:۔ میٚون سنجے داس کٔتہٕ پیہ وۄنی۔ شہ کھوتپہٕ وَنِن۔ کیا گوم۔

(راز ہٕ گرٛھان سُمیرا یہ نکھہٕ۔ تَس تُلان پھیکہٕ زٕٹتھ نفوٗد۔ نٕ ژوٗشرٕ اکھ زٲلی پنجر پرٛدٕ ہیتھ اَتران تہٕ پرٛدس پتہٕ پتہٕ پھالٲنی۔ سوٗ چھےٚ پرٛدس پتہٕ کنہٕ کورسس سیتی منٛزٕ سٹیجس نکھہٕ رازس کُن وُچھان)۔

کورس:۔ یہ چھا راز ہٕ وِکرم اُمِس داسہ کجہ تسلا دوان۔

سدارنگ:۔ یہ چھُ داسہ سنسکارُک بُرتھ۔

کورس:۔ داسہ کرتوٗت ورتاوان۔

اُدارنگ:۔ یہ چھُ تُفیل! طوطہٕ دزاو اُمی سندِ کھوتہٕ گاٹلُو۔

سدارنگ:۔ دانا طوطن ورتوو گاٹہٕ جار۔

سُمیرا :۔ رازٕن۔ میٛون سنجے داس۔ وائے وائے۔

رازٕ :۔ اِپکانت۔ دانا وُزیر۔ ژٕ دِمہٕ سُمیرا یہٕ اِپکانتس مَنٛز تسلاہ۔

(کورس پوٚت پھیرِتھ ہیوٚر سٹیجس کھسان۔ دانا وُزیر تہٕ طوطہٕ بردار

نیران۔ مہارانی تہٕ پردٕ دِتی تھے)۔

رازٕ :۔ سُمیرا! چوٚن سنجے داس مُرِنہٕ۔ ہرگز مرِنہٕ۔

مہارانی :۔ میٛانہٕ بڈٕ بھگوانہٕ! یہ کیاہ چھُس ژٕ وُچھان۔ وِکرم چھا اَمس داسہٕ

ترٕ یہ مائے بران۔

سُمیرا :۔ میٛون سنجے داس! ژٕ کیاہ وَنہٕ پَنٕنہِ شُرِن؟

رازٕ :۔ سُمیرا! ژٕ چھکھ رازٕ رانی!! ژٕ بناوٕ چانِس ناوس پیٹھ نوٚو نگر۔

سُمیرا نگر۔!!!

سُمیرا :۔ مگر میٛون سنجے داس ما آو واپس۔

رازٕ :۔ سُمیرا! سُہ مُرِنہٕ۔ ژٕ تھاوُن چوٚن سنجے داس زِندٕ۔ سُہ چھُہ ژےٚ نٔنِش۔

مہارانی :۔ میٛانہٕ دَیہ۔ ژٕ کیاہ چھُس دِلشان۔ ژٕ کیاہ چھُس پَنٕنہِ نیوکٕنوٚ بوزان۔

(رازٕ سُمیرا یہٕ نکھہ یِتھ زِنتہٕ تَس ڈٔکِس میوٚکھ تیٚرھان کَرُن)

سُمیرا :۔ رازٕن! یہ کیاہ!! تھُہ گوٚت... ژٕ چھُس داسہٕ کراہ ہیچ۔ میٛے ترٛاوِو

یَلہٕ... کیاہ گوم... رازٕن... وائے... میٛانہٕ سنجے داسہٕ...

... ژٕ کِتھ تاوٕنس لٲجِتھس۔

راز :- ژٕ چھکھ میانٕی۔ بٔ بخشے ژٕ بیٚیہ تہٕ ییہٕ سوٗچنہٕ ہیککھ۔ چھاو
مےٚ سٟنۍ راجیٚن۔

سُمیرا :- رازٕن ! تُہی کیا وَنان ؟ بٔ چھس تُہندِ ین کھوٚرن ہُنٛد
کھوٚر بانہٕ۔ پانٛژ اُڈک مَل۔

(سُمیرا دِوان یَل تہٕ ژلان لوٗب کُن)

ہاے میانہٕ بھتو ! میانہٕ بھتو !!

مہارٲنی :- ووٚنی کیا روٗد پَتہٕ۔ میانہٕ الیشر !! یٔیمہٕ کھوٚتہٕ بَدتَر چھلہٕ مےٚ
اَچھو ڈیلِشُن۔ وِکرم رازس وُژھہٕ پیٚشر دِوَکھ۔ دَربارس مَنٛز
لوٗک اُمس نیٚبرٕ داسہٕ کَچہٕ مَنٛزٕ ناوٕنہٕ۔

(مہارٲنی زَنتہٕ چَکرٕ یوان۔ سو نیٚران گیٚران گیٚران۔
راز بیٚہہان سنگھاسنَس پیٚٹھ بیٚیہ۔ داسی تہٕ زاٗنۍ پنجرٕ
پَرٕدِ تہٕ نیبران)

راز :- سُمیرا ! بٔ بناوتھ ژٕ ـــــ راز رٲنی۔ یَنٛہی پیٚٹھ رٲنی۔

سُمیرا :- یہ چھُنہٕ توٚہہِ شوٗبان۔ بٔ چھس رٲدِ ہِژ۔ وبدواہ۔ دُنہٕ چھم نہٕ
تَس دوہہ تہٕ ہِلتی مِتی۔ بٔ چھس ژٕ ون موصوم شُرین ہِنٛز
ماج۔ مےٚ چھہ شُری رَچھنی۔

راز :- تِمَن رَچھِن سانہٕ دایہٕ۔ ژہ نیرٕ تہٕ داسس۔ بٔ کرناوتھ ژٕ راج۔

وولہٕ پکھ یتھ سِنگھاسن پٮ۪ٹھ بیٚہہ۔ پرٛنزی پوٗنشہٕ، پکھ چاٗنی
ساڑی بایہ بناوکھ وٗزیر۔

(سُمیرا ہیوان کنن ٹھٮ۪پھ دِتھ ہیوان نیرُن)

سُمیرا:۔ نہٕ۔ نہٕ۔ رازن پہ مہ ژٕلو۔ بہٕ چھس پژھے جان۔ بہٕ نیرہٕ۔
(راز گژھان ژن تَس رٹنہٕ)

رازٕ:۔ بہٕ دِمے نہٕ نیرنہٕ۔ ژٕ چھکھ میٚیانِس سینکے داسی سُمیرا۔ میٚیے
چھُچون انگ انگ ویوٗد۔ ژٕ مہ ژٕد۔

سمیرا۔ نہٕ۔ نہٕ۔ بہٕ کیا چھس پہ کُنو بوزان۔ میٚیانہٕ دِیہ۔ یہ چھاسون
ماژٕ۔ پرژا یہ ژٕٹھ۔ ژکہٕ پالک رازٕ۔ کمہٕ امس چھنے کامہٕ
دیوٗن وُنہٕ داچمڑ۔

(سُمیرا ژلان۔ رازس کھسان ژکھ)

رازٕ:۔ ہُنہہٕ ما ژٕنج! ژکہٕ چھس نہٕ مجتی بانہٕ۔ بیٚیہٕ کھینہٕ چونٹھ۔
دگاش سوتان۔ رازٕ نیران۔ موسیقارہ دراے کورس
وسان بعون سٹیجس۔ اتھ گژھان تنٛزے حصہٕ۔ منزس
ستھ ژٕ ژٕ روزان زنتہٕ ستھ ریشی۔ اکس اندس منگن وائی۔
(دُعایہ خاگر) دوٚیمہٕ انٛد بھاگھنی۔ منگن وائی منگان ستہٕ
ریشی تتھا ستو ونان) تہٕ پتہٕ بھاگھتی زنتہٕ لیلا یہ پران۔ گاش

وارِ وارِ ہیمن پیٹھ پوان۔

کورس:۔ ہی زگیہ پالک ! پرمیشوٗر

سَنکَٹہٕ مَنٛز کَڈ ! راژس پٕرزٕلیے

تَھَفاسٔتو !!

وٕہمَس رَحَم کَر راژس پٕرزٕلیے

تَھَفاسنو !!

اُلَتہٕ پُلَتہٕ کاس راژس پٕرزٕلیے

تَھَفاستو !!

شُکُس تہٕ سَنکَٹ کاس سارِے

ہی زگتی شعور!

غمَو فِکرو تہٕ اَندیشو مَنٛز کَڈ سارِنے

ہی زگتی شعور!

بیٛیہ مَنٛز تُرے کَر

ہی زگتیشوٗر!

بُڈر ڈیرِ سیر کَر؟

ہی زگتیشوٗر!

دانٛن خزانہٕ کَر

ہی زگتیشوٗر

ہُرہ برٕ تہٕ پۆرہ بر
ہی زگیتشور
گۄلابٕک رَنگ تہٕ پھولاوِج سپری تھاو لۄکَن۔
تَھاستو!
سَبزُک سبزار تہٕ باغُک بہار ہاو سارِنی
تَھاستو!
کَشٹہٕ کاس لۄکَن
ہی اِشٹہٕ دیوی
راضی روز لۄکَن
ہی اِشٹہٕ دیوی
دَیا کَر لۄکَن
ہی اِشٹہٕ دیوی

دگیوان گیوان کورَس نیران۔ صِرف روزان ڈیڈی وان، داسی بیہٕ تہٕ ژوتیزٕ۔ گاشَس سوتان پتہٕ یوان دارٕ دارٕ۔ مہارانی آسان طوطَس برونٹھہ کنہٕ زَنتہٕ دیان۔ پتہٕ یوان پلنگَس کُن تہٕ اُچھ چھَس طوطَس کُن آسان۔ دانا وُزیر اژان)

دانا وزیر:۔ راژٕ ماتا! نمسکار!

مہارأنی:۔ آدھیکار۔ میون طوطہٕ چھُنہٕ راتھ شامہٕ پیٹھٕ اَن زَل کھیوان۔ نہ چھُہ بول بوٗش کران۔ دانا وزیر! اُمِس کیا پٔد ہنگتہٕ مَنگہٕ۔ یِنہٕ کینٛہہ سَپد۔

دانا وزیر:۔ کھوٗژمُت گورمُت ما چھُو؟

مہارأنی:۔ مےٚ چھُہ وَہمہٕ یِنہٕ کینٛہہ ناکارٕ آسہٕ ڈیشُن۔

دانا وزیر:۔ اُمی ما چھُہ جایہ بدلی ہُند ہیوٗتمُت۔

مہارأنی:۔ یہ اوس مےٚ سٟتی موٗدُر بول بوٗش کران۔ ہَنگنہٕ مَنگہٕ گو خاموش۔

دانا وزیر:۔ یہ چھُہ آسشرر۔

مہارأنی:۔ سُوامی وِجیا نندن چھُہ ٹاکید کورمُت زِ یُتھ نہٕ اُمِس کینٛہہ کیٛت سَپدِ۔

دانا وزیر:۔ ماتا! یہ ما چھُہ کُنہر موٗحسوٗس کران۔ ڈٲنٛہے بٔہ سوزَن پنُن طوطہٕ یۄری۔

مہارأنی:۔ تِمِس وُچھتہ کھیٚیا اَن زُل۔

دانا وزیر:۔ مُمکِن چھُہ۔ شہ چھُہ ٹُلِس زبوانان۔

مہارأنی:۔ اَچھا! اَنِتادیُون تیلہِ۔

دانا وزیر :۔ اے داس ! ژٕ گژھ سون گمہٕ۔ تتہٕ اَنہٕ ناوُن ژٕ میٛون ٹوٹھ طوطہٕ یوٗرٕ یِنہٕ پَنجرٕ مَنٛز یلہٕ گژھہ۔

داسی :۔ مہارا ! وُنی انہٕ ناوَن۔ یہ انَن۔

(داسی نیران)

مہارانی :۔ مےٚ چھ پھوٚر وٕتھی وٕتھی گژھان۔ کھوٚوٕر اَچھ تہٕ چھَم پھوران۔

دانا وزیر :۔ راج ماتا ! وَسواس چھِنہٕ کانٛہہ کرُن۔ نیٚشی بوٚد پنکھی یَس اَسِس کیٛنٛہہ دود دِگ۔ باوتھ ما چھ ہیکان کٔرِتھ۔

مہارانی :۔ یِنہٕ اُمس کیٛنٛہہ گژھیم۔

(بیاکھ داس اژان)

داسی :۔ راج ماتا ! مہاراج وِکرم چھ یوٗرٕ تشریف انان۔

(راز اژان)

مہارانی :۔ مہاراج وِکرمس اُسن میون بےٚ کار۔

راز :۔ نمسکار ! مہارانی کیاہ زِ چھےٚ از دو داسی، غمگین۔ ہانٛہہ۔۔۔۔ دُرٕنٛت دادی۔ مہارانی کیاہ زِ تھایٔ تھرے مژ ہش۔

دانا وزیر :۔ رازن ! راجماتایہ ہُنٛد طوطہٕ چھُنہٕ اَن زُل کھیوان۔

راز :۔ کُس طوطہٕ ؟

مہارانی :۔ یہ میٛون طوطہٕ ! ہُتہ پنجرس مَنٛز۔ سورٕے بول بوش چھُس موٹھمت۔

پہ اوس واڈس واد گراں۔

راز:۔ یہ کوہ چھوڑن یلہ تڑاوان۔ پھیر کھور۔

مہارانی:۔ یہ چھ مئے ڈوٹھ طوطہ۔ رؔو چھُمت۔

راز:۔ (اشرارتہ سان) میٹھارنس رازہ مجلس منز گژھہ نہ کانہہ طوطہ آسُن۔

مہارانی:۔ یہ چھ نیٹشی بُود طوطہ مَن بہلاوان۔

راز:۔ مَن بہلاوان۔ رکیہ۔ رکیہ۔ آسہ ہاوان۔ نشلے ورتاوان۔ داے تدبیر ونان۔

دانا وزیر:۔ رازن شہ چھُ دانا طوطہ۔ میون طوطہ۔

راز:۔ پرژتھ کانہہ طوطہ گژھہ مارتھ نیُن۔ وینہہ کھیاوُن۔ میشا نہ حکمہ سیتی

دائی:۔ راج ماتا! طوطہ۔ طوطہ لار پو پنجرس۔ یہ گو شاید مُرتھ۔

راز:۔ واہ! واہ! طوطہ گو مُرتھ۔

مہارانی:۔ ہیے کیاہ گوم۔ دائی کیا چھکھ ونان۔

(طوطس نش گژھان)

ہرگز نہ۔ ہرگز نہ۔ یہ گژھہ نہ مرُن۔ اوہ میون ٹوٹھ طوطہ۔ ٹوٹھ طوطہ۔ اَمِس کیاہ گوم۔ کیاہ گوم۔

(بےٚ ہوٗشس گژھنہٕ پلنگس پیٹھ یوان لاینہٕ)

داسی یہ :- راج ماتا! راج ماتا!

داناوٗزیر :- راج ماتا! رانٔژن! راج ماتاہ یہ آو وٗنار۔ یہ گٔییہ بےٚ ہوٗش
اَمہِ سُند طوطہٕ گژھ نہٕ مرُن۔ یہِ چُھ اَسہِ رۄچھمُت۔ یہِ چُھ اُمسہ
ٹوٗٹھ طوطہٕ۔ راج ماتا۔ راج ماتا۔

(راز مہارانی نزدیک یوان)

راز :- مہارانی! ٹاٹھ مہارانی ہا! نہٕ یہ گژھ نہٕ بےٚ ہوش۔ داسی
مہارانی اُنی وُن ہوشس مَنز۔

(بعدن سیٹیجس کُن یوان تیزی سان)

یوٚدوے اَمس کینٛہہ گو، میانی ہوس تہٕ ارمان کتہٕ نیرُن۔
مےٚ چھ اَمی سُند شریہ چھاون۔ سو کھ بوگُن۔

(مہارانی نِش یوان)

داناوٗزیر :- راز ماتا! ہوشس منز پیو۔

راز :- بہ کرُن ژٔرہ کھنجہ مہارانی ہند طوطہٕ زندہٕ۔

داناوٗزیر :- رانٔژن! توہی کتہٕ کٔنی کرٛیون یہ معدٕ ٹپکھی زندہٕ۔

راز :- میون زُو کرِ اَمی سُندِس شُرِس منز پرا اوِش تہٕ یہ گژھ
نوِ سٕر زندہٕ۔

دانا وُزیر :۔ تُہی !

راژ :۔ آ۔ بہٕ۔ یہٕ میون شُرہٕ چھُے حوالہٕ۔ وُچھ طوطہٕ گرٕتھ زِنٛدٕ۔ تہٕ مہاراٗنی گژھِ خوش۔ پٔرتَن۔ پَتہٕ پیٚیہ میٚون زُد بیٚیہ واپس راژہٕ شُریَس مٔنٛز۔

(راژِ تژاوان فَرشَس پیٹھ پان)

وُچھ گیٚیہ کاسے بٔدلی۔

(داسی، اَدارَنگ ناسدارنگ۔ طوطہٕ تہٕ طوطہٕ بَردار اَژان)

اَدارَنگ :۔ دانا وُزیر ! تُہنٛد دانا طوطہٕ اوٚن اَسہِ یوٚری۔

دانا وُزیر :۔ رَژھا گوٚ ژیر۔

طوطہٕ :۔ اے مٲلِکھ ! یہِ راژہٕ شُریر چھُے میٚون اَصل شُریر۔ بہٕ پیمٕ اَتھ مَنٛز واپَس۔

(مۄسیقی پیٹھ طوطہٕ سنٛز بۄلی)

داس :۔ راج ماتا ! تُہنٛدِس طوطَس پھیوٚر زُو۔

دانا وُزیر :۔ کُس چھُ اَصلی۔ مہاراج وِکرم کُس چھُ اَصلی۔

طوطہٕ :۔ بےٚ چھُس وِکرَم۔ اَصلی وِکرَم۔ آسٕے پَننِس شُریرَس مَنٛز واپَس۔ وُچھ کاسے بٔدلی۔

اَدارَنگ :۔ اے دانا وُزیر۔

سُدارنگ :۔ یہ چوٗن طوطہٕ گو ہنجرس مشر ژٕنتہٕ شٹھنہٕ۔

(راز تھوٗد ووٚتھان)

رازٕ :۔ کُس کُس چھُوٗ یتیہٕ۔ ہے اَمبی۔ اَمبی۔ اَمبھکا دیوی۔ تُہے کیا چھِے سیدٕ مُت۔ اے وُزیر۔ او داسی! مہارانی۔ اَمبھکا دیوی کیا سیدٕ۔

(موسیقی پیٹھٕ طوطہٕ بوٗلی گژھان)

دانا وُزیر :۔ ہے مہاراج! مہاراج وِکرم۔ یہ کیا چھُس بٕہ ڈیشان۔

(مہارانی ہوش یوان)

مہارانی :۔ آ۔ آں۔ہاں۔۔۔

رازٕ :۔ اَمبھکا۔ اَمبھکا دیوی! اَچھ مٕرٕر۔ تُہٕ چھکھ راز وِکرمس کھوٚنہٕ مشر۔ مٕرٕر اَچھ۔

داسی :۔ راج ماتا! تُہند طوطہٕ چھُ بول بوش کران۔

رانی :۔ وِکرم۔ میون وِکرم۔ آن۔ ہاں۔ کتہٕ چھُ میون وِکرم۔

دانا وُزیر :۔ اَصلی وِکرم! ماتا! ووٚنی چھُ یُژی کُنی مہاراج وِکرم تو یہ نش۔

سُدارنگ :۔ مہاراج! دانا طوطہٕ گو مٕرتھ۔ راج ماتا یہ ہنٛدِس طوطس چھیوٚر عیس۔

سُدارنگ :۔ دانا وُزیر! یہ کوسہ پُژرٕژ؟

مہارانی :۔ وِکرم ! میثون وِکرم !!

دانا وُزیر :۔ ماتا ! وَنِت آو بَرابَر۔ یہ طوطہٕ کرٕیوٗن پنجرٕ مَنٛزٕ آزاد۔

راز :۔ کُس طوطہٕ ! یہ چھُ سنجے داس !!

بلتھی :۔ سنجے داس۔

راز :۔ آ۔ یہ چھُ سنجے داس۔ کرٕیوٗن اَمہِ پنجرٕ مَنٛزٕ آزاد۔ پھیرِ جنگلہٕ جنگلہٕ۔

دانا وُزیر :۔ مگر رازَن اَسہِ کوٚنہٕ یہ راز ترٛاو نیٚبر۔

راز :۔ دانا وُزیر ! ژےٚ چھےٚ نا یاد۔ سوامی وِجیا نندَن اوس اَسہِ وَردان دِیتمُت۔ مےٚ تہٕ سنجے داسس۔ زِ ییٚلہٕ یِیٚتھٕ ھو اُسی اَکھوَ پَنُن ژُو بیٚیَن ژُو زاٹَن مَنٛز سآنٛپنہ تہٕ پَتہٕ ییٚلہٕ۔ یِیٚتھٕ ھو بیٚیہٕ پَننہٕ نِس شَرٕپَرس مَنٛز یِتھ۔ مگر سنجے داسن کٔر اَسہِ سیٚتی بےٚ وَفٲیی۔ بُد دَغٲیی۔

دانا وُزیر :۔ کیٛاز ؟

راز :۔ مےٚ اوس پٔرتھ وِزِ شک زِ ژٕ کرکھ بےٚ وَفٲیی تکیٛازِ ژٕ اوسکھ مےٚ سیٚتی واوس واد۔ سوالس جواب تہٕ بحث کران۔ مےٚ اوس باسان زِ گُنہٕ نَتہٕ کُنہٕ وِزِ کرکھ بےٚ وَفٲیی تہٕ سنجے داس اوس پٔرتھ وِزِ سیٚتی سیٚتی روزِتھ صِرف چاپلوٗسی کران تہٕ مےٚ اوس باسان باوَفا۔ توٚے اوسُم ٹوٚٹھ۔

مہارانی :۔ وِکرم۔ ژٕ چھکھ پٔزی پاٹھۍ وِکرم۔ میٲنۍ وِکرم۔

راژٕ :۔ اَسیعکا۔ ژٕ چھکھ میٲنۍ۔ سنجے داسَن کوٚر تیٚہ وُلنس مشغر منٛز عرتیٚ

ژھل۔ اکھ طوطہٕ جوٚری اُس کُلس پیٹھ وولِنس آہتھ۔ اُتھی دوران

آو اکِس طوطس شِکارۍ سُند تیٖر تہٕ سُہ موٚد۔ دوٚیم طوطن کٔر

ژھرٕ تہٕ ژھرٕٹ۔ منٛز گوٚ نہٕ برداشت۔ مَنس آم زِ بُڑنہٕ کھنڈ

رٔنۍ ناوون بیہ طوطہٕ۔ وۄنۍ سنجے داسس زِ میٲنۍ شُرپُر چھے حوالہٕ

ٹُہ سانٛپنیے ژُو طوطس۔ میٲنۍ شُریر وُچھتھ بڑادلو سنجے داس تُس

وونہ تامٕہود رٔژ بنہٕ نک ہوٚس۔ تمۍ تژوو پٔنٕن شُربر تہٕ بوٚرن ژُو

میٲنِس شُریرس۔ پٔنٕن شُریر نیٚون زالِتھ تہٕ ٹُہ روٚدُس طوطہٕ بٔنِتھ

وُچھان۔ یوٚتانۍ اکھ شِکارۍ روٚٹنس زالہٕ تہٕ کُنُس دِنہٕ داسس۔

مہارانی :۔ بے وفا سنجے داسس۔

راژٕ :۔ تہٕ بیہ وفادار دانا وزیر! اَسہِ پَزِ اُمی سُند سیٹھا مشکوٗر روزُن۔

ادارنگ :۔ تہٕ اَسہِ پَزِ پَنہٕ نِس راژس جے جے کار کرُن۔

سدارنگ :۔ اَسن اِجازتھ۔

ادارنگ :۔ آدارنگس

سدارنگ :۔ سدارنگس۔ (دوشوے) آپہٕ اوٚرکنہٕ تہٕ دژاپہٕ یورکُن۔

(راژس تہٕ مہارانہٕ وَراٹے ساری راژس جے جے کار کران)

باقے :۔ ملکہٕ پالک راژس اَسِن جے جے کار ــــ جے جے کار۔ جے جے کار

# سون تھیٹر کوت ووت؟

اَز کل ییلہِ تہٖ تھیٹرچ کتھ ووتھان چھےٚ وَننہٕ چھُ یِوان زِ گنڈرن کیٚنہہ چھِنہٕ ناٹک یا ناٹکن ہُنر چھےٚ کمی۔ مگر کتھ چھنہٕ یہِ حقیقتھ چھےٚ یہِ زِ کاشُر تھیٹر چھُنہٕ کُنی یُس شہرن منٛز لگاتار ڈراما ہاوِہے۔ نہٕ چھُ ییتھی تھیٹر زِندٕ تھاونچ کانٛہہ جدوجہد نہ کوشش۔ اکھ جوش آیوو ییٚنتہٕ کِس شوقیہ رنگ ہاوَن وٲلِس طبقس مگر سُہ رُود داہن وریٚن ۱۹۶۵ء پیٚٹھہٕ ۱۹۷۵ء تام تہٕ باسان اوس زِ تھیٹر پکہِ رہدار پٲٹھی مگر ژھوکیو۔ یمن داہن وریٚن منٛز سپدِ واریاہ پرٛقی تہٕ تھیکنی لایق تجربہٕ۔ امہِ علاوٕ گیوو شہرس منٛز ڈرامہ وُچھن وٲلین ہنٛد اکھ خاص تیداد تہٕ دریٚنٹھ یم ٹکٹ ہیٚتھ ڈرامہ آسی وُچھان۔ اَز چھےٚ یہِ حالتھ زِ ٹیگور ہالس منٛز چھُ تھیٹرٕ ہِنٛدی کم تہٕ سوٗکولن ہِنٛدی پروگرام زیادٕ یِوان ہاونہٕ۔ تھیٹرکِس ناوس پیٚٹھ یہِ

کینژھا اُسی وُچھان چھ یُس چھُ کلچرل اکیڈمی ہندِس ڈراما فیسٹولس
منٛز شامِل ڈراما۔ یِمن ڈرامہن مُتلق ہیکو وَنِتھ زِ یِہ چھُ ڈرامہ ہُک گوڈنِک
رِہرسل تہٕ آخری شو۔ کاشُرٕ ڈراما چھِنہٕ یِمو منٛز کُلبہٕ چھُ کوشِشہٕ ستیٖن
دُبارٕ شیٖرِتھ پیٚرِتھ لہٕ لہٕ گِنٛدنہٕ یِوان۔ یُتھ رۆزی ڈراما نوٗلیس تِم تہٕ
چھِنہٕ لگاتار رَنگہٕ باپتھ ڈرامہ لیکھان کینٛہہ تکیازِ گوڈٕ چھِنہٕ ڈراما گِنٛدُن
کیُٚت تھیٹر کُنہٕ۔ دوٚیم پانٛژہٕ رَنگی چھِنہٕ تھیٹر کھیس دِوان۔ یِمن حالاتن
منٛز کُس لیکھِ ڈراما، کُس گِنٛدِ ڈراما؟ کُس وُچھ ڈراما؟ ہیٚارِ کینٛہ چھیٚنے
سائنس کُلکس منٛز دوٚیمین علاقائی زبانَن منٛز ڈراما لیکھنیٚچ تحریک
بڈوٚنہہ پکان تہٕ رَنگس ہٕ باضابطِہ صحی وَتھ لبنہٕ معہ کھ حوصلہٕ افزائی کرنہٕ
یِوان۔ یِیتہٕ چھُ کُل بل اَسہِ اَکھ ہال ڈراما گِنٛدُن کیُٚت۔ ٹیگور ہال۔ یہ
چھُنہٕ وُنہٕ سانہٕ زندگی نزدیکھ آمُت۔ اَتہِ چھ دوٚ ڈرامہ کم تہٕ ورایٹی
پروگرام زیادٕ یِوان ہاونہٕ۔ تہٕ دُریَس منٛز چھ یہ ہال ڈاے ہتھ دوہ کھوتہٕ
زیادٕ ہےٚ کارِ سے روزان۔

یہ سورُے نظرِ تل تھاوِتھ چھُ باسان زِ ڈراما لیکھُن چھِنہٕ اَکھ
فوٚضول مینٛحنتھ۔ بلکہ پننِس پانَس تسلی دِیُن زِ ڈراما لیکھتھ گوٚو حاتمن
طے۔

ڈراما گِنٛدنہٕ خاطرٕ گژھن اَزکل واریاہ روپیہ آسنہٕ۔ لِہٰذا چھُ لگن

لُکن ہنٕز سرپرستی علاوٕ سرکارٕچ سرپرستی سیٹھا ضرورٕ ری۔ یوٗدوے سرکار کٲشرِ زٔنگُک مُکمل خرچہ برداشت کرِ تیٚلہٕ کُس حق چھُ تس تفریحی ٹیکس حاصل کرنُک۔ کیاہ اَمہٕ ٹیکسُک دُہیُم حصہ تہٕ ہیکہِ نا سرکار ڈرامہٕ س ووتھہٕ بہٕ دِنس تہٕ تھیٹر مُنظم کرنس تہٕ پیٹھہٕ ورانہٕ تھیٹر چلاونس منٛز صرف کرِتھ۔

کٲشرِ زبانہٕ منٛز اکھ پیشہ ورانہٕ تھیٹر چھُ اکھ چیلنج یُس قبوٗل پٔزِ کرُن تہٕ پرٛتھ فنکارس پٔزِ اَمہٕ خاطرٕ جدوجہد کرٕنۍ۔ یہٕ خاب تأبیر کرنہٕ خاطرٕ چھےٚ کوٗشِش کرٕنۍ۔ اَتہٕ پنہٕ تہٕ دھنہٕ سان۔ نتہٕ چھُ سوٗرُے باسان اکھ سُراب۔

ساری چھہ ونان زِ ڈراما گوڈٕ تفریح کرُن فراہم۔ اتھ منٛز گوڈٕ اُسن کیٛت مزاح آسُن۔ وُچھن کیٛتہٕ نژُن آسُن تہٕ بوزُن کیٛتہٕ موٗسیقی آسٕنۍ۔ موختصر چھُ تہٕنٛد غرض زِ تم وُچھن اکھ مکمل رنٛگ۔ اکھ سالِم تھیٹر TOTAL THEATRE تہٕ اَمہٕ موکھہٕ چھُ پیش میون یہٕ "طوطہٕ تہٕ آنہٕ"۔

سرینگر۔ ۲۰ اپریل ۶۸۴      موتی لال کیمو

## موتی لال کیموٗ سٕندی ناٹک

۱۹۶۹۔ ترٛنوو۔ ترٛےاوک اِنگی ڈراما۔ ترٛنوو۔ مانگےٚ تہٕ منٛزٕلی نِکہٕ

جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ۔ ۱۹۷۰

۱۹۷۲۔ ژھاے۔ ترن انگن منٛزتوٲریخی ڈراما۔

جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ۔ ۱۹۷۴

۱۹۷۲۔ لل بہٕ دزٕ ایس لولرے۔ ترن انگن ہُنٛد سماجی ڈراما۔

جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی بہترین ڈراما مسودٕ ایوارڈ۔

۱۹۸۰۔ ناٹک ترٛچ۔ تربن ڈرامہن ہٕنٛز سوٚمبرن۔ حرم خانک اَنہٕ۔ کاٗنسہٕ

روو مُتھے کیاہ گوم تہٕ منٛزٕلی نِکہٕ

جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ۔ ۱۹۸۱ تہٕ ساہتیہ اکیڈیمی ایوارڈ ۱۹۸۲

۱۹۸۴۔ طوطہٕ تہٕ اَنہٕ۔ مُکمل ڈراما۔

جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ ۱۹۸۵

۱۹۹۴۔ ڈکھ ییلہٕ ژلن۔ دون ڈرامہن ہٕنٛز سوٚمبرن۔ ڈکھ ییلہٕ ژلن تہٕ شاہپاے تھر۔

۱۹۹۷۔ نگرووداسی۔ ژون باگن منٛزتوٲریخی ناٹک

۲۰۰۰۔ شاپھ اکہٕ ہنٛدُن۔ تربن انگن منٛزتوٲریخی ناٹک ''شاپھ'' تہٕ دون انگن

ہُنٛد ''اکہٕ ہنٛدُن''

امہِ علاوٕ

۱۹۹۷۔ اۄک انگی ناٹک ۔ ۱۰ کأشرِ بن اوک انگی ناٹکن ہنٛز سونٛبرن

۔ساہتیہ اکیڈیمی خأطرٕ۔

۲۰۰۱۔ بانڈ ناٹیم ۔کأشرِس لُکہٕ تھیٹرس تہٕ لُکہٕ کلچرس پیٹھ گوڈنیُک کِتاب۔

۱۹۶۶۔ تین اسنگت ایک انکی ہندی زبأنی منز ترےٚ ناٹک

جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ۔ ۱۹۶۸

۲۰۰۳۔ پشو گاتھا۔ ہندی ناول۔

۱۹۹۱۔ پالنے کا پوت۔ منزلی نِکہٕ ناٹُک ہندی ترجمہٕ۔

ترجمہٕ کار۔ گوری شنکر رینہ

۲۰۰۲۔ بانڈ دُہائی ۔'ڈکھ ییلہِ ژلن'۔ ناٹُک ہندی ترجمہٕ۔ ترجمہ کار۔

ڈاکٹر توشخأنی

۲۰۰۴۔ شاپھ (دیوناگری رسم الخطس منز ) کأشُر تواریخی ناٹک۔

آینٛدٕ

ہیمال نأگی رائے (ناٹک)

ریڈیو ڈرامہن ہنٛز سونٛبرن

لیکھہٕ گوند۔ وغأرٕ۔ وغأرٕ

۱۹۸۴ء منز طوتہٕ تہٕ اَنہٕ۔ " گوڈنیک ایڈیشن چھاپنہٕ پتہٕ آو یہ ڈراما شوقیہٕ والیوڈ کہ پرٕ نہٕ کنہٕ نہٕ سمے چھنہٕ کینہہ تہٕ خبر۔ مگر یہ کتھ چھے سکہٕ زِ یہ آو نہٕ کاشری پأٹھی گندنے۔ تمیک وجہ چھُ میون جوم نیرُن تہٕ تتی بساکی کرٕنی۔ دوہیم گشیرِ منز بیشتر رنگہٕ جٕہ جلاوتنی سپدٕنی۔ یمہٕ کِنی کاشرِ تھیٹ تحریک روٹہٕ گیہٕ۔ ٹیگور ہال روٗ دقریبا باہن وٗری ین۔ ۲۰۰۲ تا ۱۹۹۰۔ کاشرِس ڈرامہس سٹیج سپدنس پٕزاران۔ ییٚتہ تام مے نیشنل بانٕہ تھیٹرس ستی رنگہٕ ورکشاپ منعقد کرتھ اکہٕ نٹرُن گنٕدتہٕ پتہٕ ییٚہ کینہہ دراما گنٕدنہٕ آیہٕ۔ دوہیمبن ہدایتکارن ہُندی ڈکہ۔

کاشرِ رنگک مستقبل کیا آسہِ؟ اتھ سوالس جواب ژھاران چھے مایوٗسی سپدان۔ تکیازِ۔ ٹی وی آو بارسس تہٕ بہٕ چھس مانان ٹی وی چھُ تھیٹرُک پھہلاو یا نو توسیع۔ مگر ٹی وی ڈراما چھنہٕ پننہٕ صحیح تہٕ واضع ٹی وی ڈراما صوٗرژ منزٕ گنٕدنہٕ تہٕ پیش کرنہٕ یوان۔ آ۔ ٹی۔ وی سیریل لیکھنک زور چھُ ازکل۔ ناٹک زِنگارن ہنٕز چھے کمی۔ وادی منز چھے تھیٹر ہال ندارد۔ تربیت یافتہٕ اداکارسُند نہٕ اَسُن چھُ مویوٗسی ہُند بوٗڈ کارن۔ سرپرستی چھے شرپُمٕژ پاتال۔ کاشر زبان وارٕ وارٕ سوتان تہٕ راوان۔ سرکارس نہٕ کلچرس مطعلق کانٛہہ واضع پالسی۔ بدیشی ناٹک اکھا سرکأری۔ خرچس پیٹھ گنٕدِتھ تھکبہٕ ناوٗن کارِ سکندری۔ نتہٕ سرکأری خرچس پیٹھ شُری رنگہٕ ورکشاپس منز ہیچھنأوِتھ کانٛہہ تہٕ ڈراما گنٕدِتھ اکھ شو ہأوِتھ یا ڈراما فیسٹولہٕ موکھہٕ روپیہ رٕٹِتھ ڈراما گنٕدُن تہٕ اول شوہ آخری شو ہأوِتھ وٗری وادن ڈراما تحریک تھکبہٕ ناوٗنی چھُ ازکالک رنگہٕ دریٹھمان یہ چھُ ٹاکارٕ بزرلکی تن ٹیو ٹھ۔ نہٕ زانٛہہ کانٛہہ ڈراما یا تھیٹر سیمنار۔ نہٕ اداکارن۔ ڈراما نِگارن۔ ہدایتکارن تہٕ دوہمن فنکارن ہُندسمن بل۔ ساری پانس پانس۔ آ۔ کاشُر لکہٕ تھیٹر چھُ وُنہٕ زِندٕ! یوٗ تام ستھ روزِ دِلن منز۔ ییٚتہ تام لُکہ مالہٕ روزن توٗ تام روزن لکہٕ جشنہٕ تہٕ پأتھر تہٕ زِندٕ۔ ییٚلہٕ کاشُر رنگ پوشہٕ تیٚلہٕ پوشہٕ کاشری زبو تہٕ ییٚلہٕ کاشر زبو پوشہٕ تیٚلہِ کاشر رنگ۔ ییٚلہٕ کاشُر بوٗلُن تہٕ پرٕن پوشہٕ گرن منز تہٕ لٕد پوکھس منز ساٗرے گشیرِ تہٕ گشیر نبر تہٕ اد روزن کاشرِ رنگچہ زٕژ تہٕ تیمہ تراوان تہٕ رس چاوان۔

اِنسان چھُ طوطس تہٕ نٕرِ انان تہٕ ہیٚچھناوان۔ آلون ہُند نقل۔ تہٕ أسۍ کأشرۍ کیاز رأوٕ راوو پٔنٕنۍ ماجہِ زیو؟ چا ہے یوٗر لگوتوٗر پکہٕ نو ویہٕ زیو ستۍ ستۍ۔ تہٕ راوِ سأنۍ کأشُر شناخت!

''طوطہٕ تہٕ أنہٕ'' کوٚر شری گوری شنکر رینہٕ صأبن ہندی زبأنۍ منٛز ترجمہٕ تہٕ سکر پٹ بنک سکیمہٕ تحت گٔیہ سری رام سنٹر۔ نی دہلی۔ ہتہٕ وأوٕ کا پیہٕ۔ جیمکو أکۍ ہدایتکارن پوٚرتہٕ ئیٚمن تحریک تہٕ پانہٕ نوٗدن امیک سٹایل پنہٕ نس أکس ڈرامہس منٛز تہٕ ڈراما گو مُلکس منٛز مشہوٗر۔ مگر کأشری پأٹھی رٕو دیہٕ ناٹک ازتام گِند نے۔

مے کوٚر مخصوص زِ امیک دوٚیم ایڈیشن گوٚ ژھ چھاپُن توے چھُ یہ شوقہٕ پرن والین تہٕ ناٹک گِندن والین پیش۔ ییٚمہِ برونٹھہ چھوپ مے ''ژھاے'' ڈرامہک دوٚیم ایڈیشن یُس موکلنس پتھ چھُ تیار۔

مارچ ۲۰۰۷

